




# پوشِہ تھر

(کأشرہ دلیلہ)

۳

پبلشرز

لالہ رُخ مطبوعات سری نگر

قیمت

۴ر

(چھاپ دسمبر ۱۹۵۵ء)

# کتھِ منزٕ کتھ

یہ چھِ پرٲن مِثال زِ کتھِ منزٕ چھ کتھ نیران۔ تہٕ زن گو، یِلہٕ انسان پننین خاص حالاتن منز کُنہٕ وُچھان یا کران چھُ۔ ہیوٚر بوٚن، سوٚنُ دوٚگُن، اَدہ پتہٕ کینژھاہ سیدان چھُ، یِم سارِی حالات چھُ پڑھان بیس تہٕ وَنُن تہٕ بوزناوُن۔ ہرگاہ سیٚزرٕ پزٕرٕچ کتھاہ وُچھن یا بوٗزن، تیلہِ چھُ رنگہٕ روغنہٕ رٕوستوٗی اِی وُچھان تہٕ بِی وَنان۔ نتہ ہرگاہ وقتہٕ کیٚو حالاتو موجوٗب سیٚدہ سیٚودُی وَنَس وار ژونُن نہٕ، تیلہِ چھُ اَدہ تِمیٚ کتھن بدل جامہٕ ولان تہٕ رنگاییزی کٔرِتھ اَکِس بیس بوزناوان۔ یِلہٕ وُوَے یہ سیدان چھُ، امہِ ساعتہٕ چھ یِمے سیٚزرٕ تہٕ پزٕ کتھ افسانہٕ، کہانی تہٕ دلیلہ بنان۔ یِدوے یِمن کہانین منز تہِ چھُ حالاتن تہٕ واقعاتن ہُند سوٗی پزٕر آسان، اما پوٚز رنگاییزی کرنہٕ سیتؠ، دٔلؠ ؤلؠ تہٕ وُٹھ مُٹھ وَنہٕ سیت چھُ نہٕ سوٗ نیٚر باسان۔ اَدہ کُن یِلہٕ اَسؠ کانٛہہ دلیل یا افسانہ بوزان چھ، اَسِ چھ اتھ سان تہٕ دُون دِتھ چھ امہِ منزٕ تمہٕ وقتہٕ کیٚن اصلی حالاتن ہُند نقشہ لبان یِمہِ وقتچ یہ دلیل چھ آسان۔ اَتھ چھ وَنان کتھِ منزٕ کڈٲن کتھ۔

اِنسان چھُ اَدٕ پٔتھے کُنہٕ نتہ کُنہٕ رنگس منز پننہِ وقتُک تہٕ زندگی ہُند حال وَنان آمُت۔ وُنکِس تہٕ چھ اَسؠ وُچھان زِ کالہٕ تہٕ پگاہ چھ کتابن ہنزٕ کتابہ لیکھنہٕ اِوان۔ افسانہٕ، کہانی، ڈراما تہٕ ناوِل۔ یِمن منز اَزکِ دُنیاہُک حال پٔژرِتھ تہٕ ژٔژھرِتھ چھُ باوَنہٕ اِوان۔ مگر تتھ پتہٕ اَنِس زمانس منز یِلہٕ نہٕ پٔرُن لیکھُن ٲسِلہ اوس، تمہِ وقتہٕ اَسِ لُکھ یہ سورُے کُنہٕ زبٲنی وَنان تہٕ دلیلن ہنزٕ شکلہِ منز سینہ بہ سینہ ورتاوان۔ یِمن دلیلن منز تہِ چھُ تتھُے پزٕر یُتھ اَز چھن کتٲبی افسانن تہٕ کہانین منز چھُ۔ اَدہ کُن چھُ یہ سیٹھاہ ضروری زِ پرٲنین پرٲنین تِشہ پننہِ مُلکچہِ سارے پرٲنہِ دلیلہ یوٗزِتھ جمع کرنہٕ تہٕ تمہِ پتہٕ کتھِ منزٕ کتھ کڈِتھ تمن وقتن ہُند پوٗر حال معلوم کرنٕچ کوشش کرٕن، یِمہِ وقتُک صحیح سالم تواریخ اَمہٕ نِشہِ موجود چھُنہٕ۔

یِہوٗے مقصد نظرہِ تل تھٲوِتھ چھُ سون اِرادہ زِ وارہ وارہ چھاپوٚک سارے پرٲنہِ کاشرہ دلیلہ۔ وُنِستام آے زٕ قسط چھاپنہٕ تہٕ یِمہِ پتہٕ تہٕ رُوزِ یہ سِلسلہ جٲری۔ اَزٕچہِ کتابہِ منز چھ کُل ترٛیہ دلیلہ تہٕ اَکِس دلیلہِ سیت چھ لوکچہِ ترٛیہ لنجہِ۔

یِمن سارِنی دلیلن ہُند جمع کران وول چھُ نور محمد روشن!

(ادارہ)

# فِہرس

# سوداگر کوٹ

پرانہِ زمانہ چھوٚ خوجے سوداگار اکھ اوسمت۔ اَمسی اَس زٕہ[2]
نیچوٚ۔ یِلہِ یِم بٔڈ گے، اَمِ دوٚپ تِمن یِم پانس سیت کھتہٕ بتہٕ کڈنہٕ۔
دیان بیہِ خوجے سوداگر اوس بیٚن بیٚن مُلکن سوداگری کرنہٕ گژھان۔
اَمِ وَون یِمنہٕ زمانہٕ زٕہ تِمکھ نیچوٚ زٕہ پانس سیت تہ یِمنی زِندگانی منز
ٹھوک ہاوِتھ کتہٕ کیاہ چھ کرُن آسان۔ زمانہ وُژھس یِمس ہِنہِ اکوی
نیچو پانس سیت تہ بیاکھ روزِہ مہ نِش، مانتہ گژھ تِمنی زِن کژھتام۔
اَمس پیو زمانہٕ ہند مانُن تہ دراو بوڈ ہیو نیچو ہیتھ بیس مُلکس کُن
سوداگری ہند سامانہٕ ہیتھ۔

وَنن وول چھوٚ ونان، اتھ مُلکس واتنہٕ خاطرہ اوس اَمس سمندرہٕ
منزٕ تار ہیوان دِیُن۔ یہِ چھوٚ جہازس منز سورُی سامانہٕ بھران تہ
گژھان بیس مُلکس کُن روانہ۔ جہازہ یلہٕ سمندرس منز چھوٚ واتان اتہ چھو
طوفان ووتھان۔ جہازس چھ ٹُکرہ ٹُکرہ گژھان۔ خوجے سوداگارہ
سُند چھُنہ پے پتاہ کینہہ تہٕ نیران مگر اَمُند نیچوٚ چھوٚ جہازکس پھچہ کانس
اکس پیٹھ ایرہ ایرہ وسان۔ اَمس چھُنہ حساہ ہوشاہ کینہہ تہٕ یوٚت
کال یہِ خبر گژھان ڈوہن سمندرس منزِ ایران چھوٚ۔ رِزق اوس
موجود، وادہ گلناہ آیہ تہ ژوگ یہِ بِٹھس۔ ادہ زٕہ[2] دوہ یا ترٕیہ دوہ گژھ[ہت]
یلہِ اَمس ہوش چھوٚ اِوان، یہِ چھوٚ وُچھان یِنہٕ پان خبر کتھ مُلکس منز
ووتمُت۔ نہ چھوٚ جہازے کُنہٕ تہ نہ چھُس مال سُند نیبہ نشاناہ۔ یہِ
چھوٚ وَدان، دیان گژھ کُوٚت تہ کرہ کیاہ۔ اِی کران چھو ہیوان ووٚن
پکُن اکس طرفس کُن۔ پکان پکان ووت یہِ گامس اکس منز۔ اتہ وُچھن
زمیندارِ زراعت کموان۔ یُچھہ اَمس سیٹھاہ لجمژ تہ گوٚ یِمنی راہ خُدا
بھتہٕ ہیونڈاہ منگنہٕ۔ یِم زمیندار چھس پرژھان۔ ہتا جوانہ یہِ ونتہ ژہ
کتیوٚک چھک تہ کوٚت چھوہی گژھن۔ یہِ دوٚتھک یہ چھس فلان مُلکک
اسہ گو ییتھ یا ٹھِ واردات۔ ووٚن چھمنہ خبر یو کوٚت چھُس ژھگمُت۔
زمیندار وُتھس۔ ہتا جوانہ ژہ کتہ ہیکھ واتِت ووٚن تور۔ ونہ چھی کوہ
تہ بیابان، جن تہ دیو۔ ووٚلہ بہہ اسی نِش۔ اتھ منز اوس گرٕیستاہ اکھ
اَمس اوسنہ اولاد کینہہ تہ۔ اَمِ دوٚپ یوٚہی رٹن پانس نِش گوبرہ گرنہٕ۔

سوداگر کوٗٹ بَنیوٚو وٚونِ گرِ یوس تہ چھوٚکھوان زِراعت۔ دِپان
اتھ گامس اوس رِوِاہ۔ فصل یلہِ تیار گژِھہ ہے، جاگیردار اوس اِوان
تہ نوان پَنُن حِصّہ۔ اَدہ یُوتاہ خوش کرِہَس تیوتاہ اوس نِوان۔ کنِشر ھاہ
اوس یمن تراوان۔ قدرتُک کارٕ اَمِہ وَرِیہ چھوٕ اتہِ نہ بُن گژھان۔ فصل
چھُنہ کنہہٕ تہِ بوٚوان۔ جاگیردار یلہِ پننس وقتس پیٹھ اِوان چھوٚ یم سارِی
زمیندار چھِس زارہ پارہ کران۔ دِپان چھِس اسہِ چھُنہ یہس یانٕس
سومبٕ کنہہ۔ یہِ کتھ مانہٕ نکہٕ اَم کوٚرٕ پننین نوکرن حکم۔ یم چھ سارِی
رٹان تہ ژیٹان۔ اَمس سوداگر کٹس تہِ چھ خوب دگہ مارٕ راہ کران۔
یہِ چھوٚ دِپان گو گیاہ میانہِ حقہ۔ بوٚ کتھ بلایہِ منز پھسیوس۔ اَمی دوٚہہ
راتٕ کیوٚتھ گرٕ اَم کاَم۔ کینٛہہِ تہِ تھوٚن نہ خبر تہ ژوٚل اتہِ۔

ژلان ژلان ووت یہِ بیس شہرس منز۔ اتہِ ووچھُن جان بازراہ
مکانہ تہ دوکانہ۔ زونُن یہ گژِھہ جانٛئ شہرآسُن۔ یہ چھوٚ وٚونِ اتہِ گاہے
گدٲی کران گاہے بیہ کنہہ تہ کڈان دوٚہ دوٚہ۔ اِی کران چھوٚ اکِہ
دوٚہہ بتٲی وانس اَکس پیٹھ واتان۔ اتہِ چھِس یہ بتٲی ونان "وولہ
یکھ مہِ نِشہِ روز نوکر۔" سوداگر کٹہِ تہ زون غنیمت۔ دوٚپُن یہچھنہ خوٚ تہ

چھوٚ اِی جان۔ کران چھوٚ وٚونِ اَمس منز نوکری۔ گھرُچ کاَم کوٚٹ تہِ
چھُس کران تہ وانٛچ تہِ۔

اکِہ دوٚہہ چھ بتٲی دوٚدہ کرٲی کارٕنِ لاَجمٕژ تہ سوداگر کوٚٹ
چھوٚ اَمُند شرُ ہیٚتھ کھوٚنہِ کیٚتھ۔ بتٲی دراو یانہ نیٚبر کُن تہ اَمس
دوٚپُن ژہ روز دوٚدہ کرٲیہ نِشِ۔ دوٚدہ کرٲی چھ گرٕ یکان۔ قدرتُک
کارٕ اَمس ژوٚل کھوٚنہِ منزٕ یہِ شُرٕ نیرِتھ تہ گو اَتھ دوٚدہ کرٲیہ منزٕ۔
اَمس ڈوٚتھ ہیٚرِہ پیٹھٕ بوٚن تان مُسلہ تہ موٚدٕ۔ اورہ یلہِ بتٲی آو۔
یہِ چھوٚ پان ماران۔ اَمِی ساعتہ نیوٚن یہ سوداگر کوٚٹ رٹِتھ تہ گو
پادشاہس فریادِ۔ دِپان چھوٚ اکھ کوٚرٕ مہِ اَمس یوٚت خیر تتھ معاوض
ژھوٚنہم نیچوٚ مارِتھ۔ سوداگر کوٚٹ چھُس پَننِ کِن زارہ پارہ کران "مہ
چھُنہ کانہہ خطاہ۔" مگر اتہِ کُس مانہِ ہس۔ پادشاہن دِیُت حکم یہِ گژِھہ
پھانسہِ یُن دِنہ۔ یہِ بتٲی ڈوٚتھ پادشاہس "اَمِہ سیٚت میوان جگر
کنہہ شہلیوٚ نہ۔ اَمس گژِھہ تیوٚتھ سزاہ یُن دِنہ، یمہِ سیٚت مہِ دگ مشہ۔"
دِپان اتھ مُلکس منز اوس شہرہ نیٚبر چاہ اکھ۔ یس سارِوٕی خوٚ تہ سخت
سزاہ دِنہ اِیہ ہے سوٚ اوس اِوان اَتھ چاہس منز تراونہ تہ اَتی

اوس تتھ منز وارہ وارہ تمس زٕو ژلان نیرِتھ۔ دِیوٹ وٕون پادشاہن
حکم زِہ یہ گژِھ تتھ چاہس منز تراوُن۔ سوداگر کوٹ چھُ وَدان۔
دپان وٕون تہ رُود تمس نش کینہہ تہِ باقی۔ ازی کران آسے مارہ واتل تہ
دِیوتُک یہ چاہس منز بَرتھ۔ یہ گو زخمی مگر موُد نہ وُنہِ کینہہ۔

دپان جواناہ اکھ اوس انچہِ وزیر کورہ پٮ۪ٹھ عاشق گومُت۔ یہوی
اوس دۄہہ دِش رات کیوٚتھ وزیر کورِہ نِش اوان گژھان۔ امہِ دۄہہ
چھو امس نٮ۪بر گژھان تہ یہ چھو اوان رٹنہ۔ پادشاہ چھو امس تہ
یہوی سزا دِوان تہ تراوان چھس اتھ چاہس منز۔ یتھوی یہ چاہس
منز پیوان چھو، یہ چھو مران۔ سوداگر گٮ۪ٹس چھو یہ وچھِت نصف زٕو
ژلان نیرِتھ۔ دپان یہ وزیر کور تہ اَسِ امس جوانس پٮ۪ٹھ عاشق۔ امہِ
یلہِ بوز سو آد چاہس منز تراونہ۔ امہِ لوگ مردانہ لباس۔ وارِ ہاہ دِیار
تلِن سیت۔ گرِ زٕہ تہ کمند ہٮ۪یتھ گیہِ رات کیوٚتھ اتھ چاہس نِش۔ کمند
لایِن چاہس منز تہ دِژن آواز "کھس جلد یہوی چھوی وقت"۔ سوداگر
کوٹ یلہِ آو بوزان چھو، یہ چھو حیران گژھان۔ کمندِ چھو تھپ کران
تہ کھسان چاہہ منزہ۔ وزیر کور چھس دپان کھس فوراً گرِس۔ پانہ تہ
چھ سوار سپدان تہ چھ یم راتس ژلان۔ ژلان ژلان چھ واتان یم
بیس شہرس منز۔ اتہِ یلہ صبح پھوٚل، وزیر کورہ چھ سوداگر گٮ۪ٹس پٮ۪ٹھ
نظر پیوان۔ یہ چھ بدلیٔ انساناہ وچھان۔ اَمِس چھو خشم کھسان۔
یہ چھ تلوار کڈان تہ ہیوان اَمِس مارُن۔ سوداگر کوٹ چھس ونان
"مہ کیاہ قصور کوٚر۔ ہوٚتے ژِ بچیوو تھس تہ وٕون کیازِہ چھکھ ژٕہ
ماران"۔ وزیر کور چھس ونان "مہِ اوسُک نہ ژٕہ کھارُن۔ مہ اوس سو
بیاکھ جوان کھارُن یُس رات چاہس منز تراونہ آو"۔ یہ چھس ونان
"سو موُد لٮ۪می ساعتہ یتھوی چاہس منز پیوٚ"۔ وزیر کور چھ یہ بوزتھ
تلوار ہٮ۪یتھ رٹان۔ دپان چھس "بہ اَمس تمنہ ہِندی خاطرہ گھرہ بار تراوِتھ
دِرامٕژ۔ خیر وٕونِ تہ بہ واپس ہنیکہ نہ گژھتھ، لہذا گٮ۪یس ازکہِ پٮ۪ٹھہ
بہ چانِ تہ ژٕہ گوکھ میوٚن"۔ بنیای وٕونِ یم بارٔژ زٕہ تہ چھ پکان
گرِن پٮ۪ٹھ۔

امہِ مُلکُک وزیر چھو آسان سٮ۪لس درامُت۔ اَمِس چھو فوج
کینہہ تہ سیت آسان۔ میدانس اکس منز چھن آسان ڈیرہ لوگمُت تہ
چھو نظاراہ ژٹان۔ سوداگر کوٹ تہ وزیر کور چھ امی طرفہ گرِن پٮ۪ٹھ

پکان آسان۔ اَمِس وزیرس ییٚتھوٕی یِمن پیٚٹھ نظر چھ پیٚوان، یہٕ چھُو
فوجس حکم دِوان تہٕ اَنہٕ ناوان یِمن پانس برٛونٛٹھ کُن۔ یِمن چھُو پرٛژھہ
گارٕ کران۔ "تۄہہِ کتِھ چھُوہ تہٕ کوٗت چھُوہ گژھُن"۔ یِم کیاہ وَنن !
اورٕک یوراہ چھِس وَنان مگر صحیح جواباہ چھُکھنہٕ پھوران۔ وزیرس
چھُو امہٕ سیٖت شَک بڑان۔ یہٕ چھُو زانان ظاہرا چھ یِم خبرکم جوٗسوٗس۔
فوجس چھُو حکم دِوان یِمن گرٕیو تلاشی۔ وزیرٕ کوٗرٕ چھ اَوتام مرٕدٕہ
لباسس منز۔ دوٗن کیاہ کرِہ ! یہٕ گیہ مجبوٗر تہٕ چھ اَمِس وزیرس وَنان۔
"بوٗ چھس سیاہ سر، بوٗ ہیٚکہ نہٕ تلاشی دِتھ"۔ وزیرس چھُو امہٕ سیٖت
وارٕے شک بڑان۔ یہٕ چھُو زانان، یِم چھ دراصل گھرٕ ژٕلِتھ درامٕتۍ
یہٕ چھُو یِمن دۄشوٕنی بند کران۔ اَمِس چھُو وزیرٕ کورِ پیٚٹھ ٹوٗر پیٚوان۔
دپان چھُس مہٕ سیٖت کرِ ژٕہ نیٚتھر۔ یہٕ چھُنہٕ مانان۔ دپان چھس مہٕ چھُو
پننۍ خاندار سیٖت۔ وزیر چھُو اَمِس بند کران تہٕ سوداگر کٔٹِس چھُو نوکرن
اَتھِ مار دِیاوان تہٕ اَتہٕ گنٛڈِتھ ژھُنان۔ سوداگر کوٗٹ چھُو پننِس کِن پان
ماران مگر کرِہ کیاہ۔ وزیرس نِش چھُو حکم۔ یہٕ چھُو دوٗن گژھان بیہٕ دربدر
بیہٕ طرفہ چھُو وزیرٕ کورِ ہۄہ مجبوٗر کران پانس سیٖت خاندر کرنہٕ
خاطرٕ۔ آخر چھ وزیرٕ کوٗر مجبوٗر گژھان۔ یہٕ چھ وزیرس وَنان "بوٗ کرٕہ
ژٕہ سیٖت خاندر مگر سانہِ مذہبہ موجوٗب پیٚیی ژٕ تجہن دۄہن پرارُن"۔
یہٕ چھ سوچان خبر چھا اِتیٚس کالس ما کرِہ خُدا کُنہہ کاروٲیی تہٕ بۄہ
مۄکلہٕ۔ وزیر چھُو اَمِس پننۍ گھرٕ نِوان تہٕ پرٛاران یِم ژٕتجہِ دۄہ کرٕ
گژھن !

وزیرٕ کوٗر چھ بنٛدی تہٕ سوداگر کوٗٹ چھُو اَکِہ جایہِ اِوان تہٕ بیٚیہ
جایہِ گژھان۔ اَتھ منز چھُو واتان یہٕ میدانس اَکِس منز۔ اَتہِ چھُو دُچھان
برٛہمنس اَکِس تپسی کران۔ گژھان چھُو اَمِسی نِش تہٕ وَدان۔ برٛہمن
چھُو اَمِس پرٛژھان "ژٕہ گوٗمُت کیاہ چھُوی تہٕ وَدان کیازِ چھُکھ"۔
سوداگر کوٗٹ چھُو اَمِس ساری پننۍ دلیل وَنان۔ دپان چھُس مہٕ پیٚٹھ
کوٗر یمہٕ ملکک وزیرن ظلُم۔ اَکھ نیٚنیم زنانہ تہٕ بیہٕ مارنوونس نوکرن
اَتھہٕ"۔ برٛہمنس چھُو اَمِسُند انصاف گژھان۔ دِوان چھُس ٹوٗپ تہٕ
آسہٕ۔ دپان چھُس "یہٕ ٹوٗپ دِہ کلس۔ ژٕہ وُچھکھ ساری تہٕ ژٕہ وُچھیہٕ نہٕ
کانہہ۔ تمہٕ پتہٕ گژھ وزیرہ سُند گھرہ۔ یمہٕ آسہٕ سیٖت لاٰہی تمسُندِس درواز
ٹاس تہٕ اِہ پانس واپس"۔ سوداگر کوٗٹ چھُو گژھان تہٕ کران ییٚتھے پاٹھِ۔

دپان امہٕ دوٚہہ چھُو آسان ژ تجھُم دوٚہ ختم گوٚمُت تہٕ وزیرس
چھُو آسان وزیرٕ کوٚرِتھ سیٚت خاندر کرُن۔ سوداگر کوٗٹ یلہٕ آسہ سیٚت
اُمنٕدِس دروازس ٹاس چھُو لایان وزیرس چھ کاژہ تیٚمبرٕ پیوان۔ اَمس
چھُنہ دوٗن بوزنے کنہٕ اِوان۔ یہٕ کتھ کرِتھ دوٗن خاندر۔ انان چھُو
یہٕ حکیمن۔ یِم چھِس علاج کران مگر اَمس چھُنہ گاش کنہٕ تہٕ اِوان۔ یہٕ
چھُو دپان مہٕ گو کیاہ ہنگتہٕ منگہٕ۔ پرژھان چھُو دوٗن نجومین۔ یِم چھ
کتابن وُچھان۔ دپان چھِس فلانِ میدانس منز چھُو برہمن اکھ۔ یہٕ
چھے تمی سیٚتھ اَنزٕ۔ ژہ گژھ تمِسی تہٕ سۄہی ہیکی ژہ ٹھیک کرِتھ۔"
وزیر چھُو تلان پننین نوکرن سیٚت۔ گژھان چھُو نیاز ہیتھ اَمس
برہمنس نِش۔ نذرہ پارہ چھِس کران۔ دپان چھِس "مہٕ کیاہ کوٚرُو ؤی
ژہ نیوٗکھ مہٕ اَچھِ گاش۔" برہمن چھِس ونان۔ "ژہ ترٕ دوٚکھ انصاف
تہٕ ظلم کوٚرتھ، لہذا چھُوی یہٕ تمکُہی سزاہ۔ ہرگاہ ژہ دوٗن اَچھن
ہُند گاش بکار چھُوی تیٚلہٕ دِن تمِسنز زنانہٕ واپس۔ بیہٕ دِنس ہرجانس
منز پننی کوٚر سیٚت۔" وزیر چھِس زارہ پارہ کران۔ دپان [illegible]

زنانہٕ ترٲوِمن ژ یلہٕ مگر کوٗر پننی دِمس نہٕ۔ برہمن چھُنہ مانان۔ دپان
چھُس"۔ ژہ چھُکھ جُرم کوٚرمُت۔ لہذا چھُوی تمیُک سزا ضرور تلُن۔"
وزیر تہٕ چھُنہ مانان۔ اِوان چھُو بیہٕ گھرہ۔ دپان علاجہٕ سیٚتی کرناوہ
بوٚ اَچھ ٹھیک۔

سوداگر کوٗٹ چھُو برہمنس دپان "یہٕ کیاہ کوٚرکھ ژہ۔ مہٕ اَسِ
پننی زنانہٕ ضرورت۔" برہمن دوٚکھس "ژہ مہٕ ہیٚیہ غم۔ یہٕ داتہٕ بیہٕ
یتھوی"۔ امہٕ دوٚہہ چھُو اَمس بیہٕ سوزان۔ دپان چھُس "گژھ امی آسہ
سیٚت لاُیس بیہٕ دروازس ٹاس"۔ سوداگر کوٗٹ چھُو کران بییہ تتھے
پاٹھٕ تہٕ گژھان واپس برہمنس نِش۔ وزیر یلہٕ صُبحس نندرِ وۄتھان
چھُو یہٕ چھُنہ ہیکان کھوٗدُوی وُچھت۔ یہٕ چھُو آسان دوٗن موزور تہٕ
گوٚمُت۔ انان چھُو بییہ نجومین۔ یِم چھِس دپان "اَمس کیاہ کروی۔ ژہ
گژھ تمی برہمنس زارہ پاراہ۔" وزیرس چھُنہ کنہٕ تہٕ چارہ لگان۔ گژھان
چھُو دوٗن ڈانجہٕ کیتھ برہمنس نِش۔ یہٕ چھِس اتہٕ بیہٕ اَی ونان۔ دپان
چھِس "ژہ کوٚرتھ ظلم۔ تَوے کِن چھُوی تمیُک سزاہ تلُن۔" وزیرن

بلہِ زون ییتھ اندِ ہ نہ کنہٕہ۔ دِوان چھُو سوداگر گِٹِس زنانہ تہ پنُن کوٗر۔
برٛہمن وٕنُتھ سوداگر گِٹِس "پنٕنۍ زنانہ چھےٚ پانس پیٹھٕ حلال مگر
وزیرہ سٕنٛز کوٗر زٕ آنزٕ ین پنٕنۍ بینہِ"۔ سوداگر کوٗٹ تہِ کوٗت گژِھ
وٕنِن۔ یِم چھِ ترٛشوےٚ اَمسی برٛہمنس نِش روزان۔ دِیانِ چھِس زٕہ
چھُک سون بَب تہ آسہِ چھِ چانِ اَولاد"۔

برٛہمنس نِش آسہِ طرفاتن ہند لُوک اِوان نیاز تہ نذر ہیٚتھ۔
اَمِس آسہِ اتہِ داریاہ دولت سمیمٕژ۔ یِم چھِ وٕنِن اَمسی خدمتھاہ
کران تہ عیشاہ کران۔ دٕہا دٕہاہ سپُد تہ برٛہمن چھُو گژھان مرِتھ
یِم چھِ دِیانِ" وٕنِن کیاہ کرَو آسہِ ییتہِ روٗزِتھ۔ اسہِ نِش کُس اِیہِ تہ کُس
دِیہ نیاز"۔ یِم چھِ وٕنِن اَمُند سورُوی سامانہ وٹان۔ ساری دولت چھِ

سوٗمبراوان تہ نیران اتہِ۔ پکان چھِ مگر خبراہ چھکھنہ کُنہٕہ تہِ گژھو کوت۔
اَتھِ منز چھُو اورہ کاروانہاہ اِوان۔ یِہ سوداگر کوٗٹ چھُو مین پرٛژھان
"یہِ وٕنتوٗ فلانِ شہرس کپارِ چھِ وٕتھ"۔ اَتھ کاروانس چھُو اَسان
تتھِ شہرس منز گژھُن ییتہِ اَمِس سوداگر گِٹِس پنُن گھرہ اوس۔
یِہ چھُو وٕنِن اَتھِ کاروانس سیت پکان تہ زنانہ جوراہ ہیٚتھ واتان
گھرہ۔ اتہِ چھُو وُچھان یہِ گھرہ سورُوی وُجارہ گوٚمُت۔ اتہِ اَمِس
اَمنٛز موج تہ بیہِ لُوکُٹ بھوی۔ یِہ چھُو مین نالہٕ متہِ رٹان تہ
دنان سورُوی سفر۔ وزیرہ سٕنٛزہ کورِہ چھُو لُوکٕٹس بھایس سیت
نیتھر کران۔ قرضدارن ہُند قرض چھُو نکھ والان۔ بہان چھِ بھای برٛان
زٕہ زنانہ جوراہ تہ موج ہیٚتھ تہ کران چھِ گھرہ بیہِ آباد ٭

# گاڈہ ہانز تہ طوطہ

دپان یہ اوس غریب گاڈہ ہانزاہ اکھ۔ اَمسی اوس نہ زاہ تہِ
پوران۔ دوشوے بازٕ اَمس دوہس گاڈہ رٹان تہ کنان۔ تو تہِ اوسنہ
یمن پیٚڑ برابر بنان۔ اکھ وقتاہ دوت اَمس چھنہ دون گاڈے لگان
یہ چھو ہیٚنین کن سیٹھاہ تچھہِ کتر کران۔ بیپارِ ہتین فاقہ لگن۔ اَتھہِ منز
چھو اکہِ دوہہ بیس دریاوس منز گژھان گاڈہ رٹنہِ۔ اتہِ چھ اَمس ویٹھ
گاڈ اکھ لگان۔ زنانہ چھس دپان یہ کنون۔ گاڈہ ہانز چھس ونان یہِ
کھیمون پانس۔ پگاہ یمہِ گاڈہ لگن تمہِ کنو کھ۔ اَمسنز زنانہ چھ ہیوان
یہ گاڈ تیار کرٕنہِ۔ یتھوی یہ اَمس شکمہِ چاک چھ کران اتہِ چھو گاڈہ
ہندِ شکمہِ منزہ کنہِ پھول نیران۔ یہ چھ تُلان تہ ژھنان یہ کنہِ پھول
دریاوس منز۔ یتھوی یہ کنِ دریاوس منز گژھان چھ، اتہِ چھو آبہ
منزہ طوطہ اکھ کھسان۔ گاڈہ ہانز چھو یہِ وچھان تہ حیران گژھان۔

یہِ چھو ناو اوکنُ پہن پکناوان تہ رٹان طوطس۔ طوطہ چھو سیٹھاہ خوشہ
وُن آسان۔ گاڈہ ہانز چھو اَمس ٹھیس منز تھوان لدِتھ تہ رچھان
طوطہ چھو ہیوان کتھہ کرنہِ۔ گاڈہ ہانز بلہِ یہِ وُچھان چھو، یہ چھو وارے
حیران گژھان۔ دپان اما یہِ کیاہ سِر چھو۔ یہِ چھو طوطس پرژھان
ہہِ ونتہ یہ کیاہ دلیل چھ۔ ژہ کتھہِ پاٹھہِ گوکھ آبہ منزہ پیدہ بیہ چھک
کتھہ کران۔ ونان چھس دونِ طوطہ پنن دلیل۔

طوطہ چھس ونان بوٗ اوسس لعل فروش۔ لعل اوسس ہیوان
تہ کنان۔ امکوی کارہ باراہ اوسس کران۔ اکہِ دوہہ چھو اکس شخصس
کتھہ کرون طوطہ کنن۔ یہ کورمہِ سیٹھاہ خوش تہ ہیتوُم ساسس
مُہرس مُل۔ یہ طوطہ چھس بوٗ رچھان یوٗت کال یہ سیوِ گو۔ وُدن چھس
نہ بوٗ یہ ٹھیس منز تہ کنہہ تھوان۔ یہ تہ چھو اودہ یور پھیرناہ کرتھ
اوان تہ یہان۔ اَتھہِ منز چھو اکہِ دوہہ یہ وُڈتھ گژھان تہ واریاہن
دوہن چھنہ ننوی گنہِ۔ ہہ زون ظاہرا اُڑدل خبر کتھ جنگلس گن۔
ننہ کھیو بڑ آیہِ۔ کنہہ دوہ چھ گژھان تہ طوطہ چھو بیہ واتھ ہیوان۔

مہ پرژھ آمس طوطس یہ ونتھ ژہ کتہ ادسک ایتین دوہن۔ طوطہ
دوتھم۔ کیاہ ونے بہ ووتس وڈان اکس شہرس منز۔ تتی
وچھم بوڈ عجائبا تھاہ۔ سوی وچھان وچھان گوم ژیر۔"

گاڈہ ہانزر چھہ آمس طوطس پرژھان۔ "تمہ طوطن کیاہ
عجائبات اوس وچھمت۔ یہ چھس ونان "تمہ طوطن ووئن۔ بہ یلہ
تتھ شہرس منز پھیران اوسس، وڈان وڈان ووتس پادشاہ
سندس محلاتس نش۔ اتہ وچھم دارہ بیٹھ ملکان بہت۔ ییہے
سنبڑاہ تشکیل تہ خوبصورت۔ دوہس آس یہ دارہ بیٹھ بہت،
شاس یلہ وژھ، امہ کوڑ ہاے! کانہہ تہ چھنا ییس یہ مشکل حل
کرہ ییہے، دیوہ بہ تہ بنہہا تمنسنز"۔ طوطہ چھم ونان "آمس وچھم سوروی
سونہ سندی۔ آمسند نوکر چاکر تہ وچھم سونہ سندی پلو لاگتھ۔ یہ
ملکان چھہ انتہ پانسے پادشاہی کران۔ مگر دیان چھہ آسان۔ دوہہ دش
وچھم دارہ بیٹھ بہان۔ شاس دوتھان تہ کران "ہاے۔ چھنا کانہہ
تدیس یہ مشکل حل کرہ ییہے، دیوہ بہ تمنسنز بنہہا"۔

طوطہ چھہ گاڑہ ہانزس ونان "یلہ مہ امہ طوطن یہ ووئن مہ
تنبلیوو دل۔ مہ دوپ بہ وچھہ ہن یہ ملکان کوسہ چھہ تہ امس
کیاہ مشکل چھہ۔ مہ ووئن امس طوطس مہ واتناو تتھ شہرس منز۔
چھہ مہ طوطہ نوان پانس سیت۔ یہ چھہ پکان برونٹھ برونٹھ تہ بہ
پتہ پتہ۔ منزل بہ منزل چھہ پکان یوت کال اتھ شہرس منز واتہ
مہ پرژھ اتہ طوطس بہ کتھ پاٹھہ واتہ ووئن ملکانہ نش۔ یہ دوتھم
ژہ سوز امس شیچھ۔ دپس ییس چون مشکل چھہ سو کرہ بہ دور۔
تمہ پتہ یلہ ستہ کانہہ وُنی ادہ ونے بہ پانے کیاہ چھہ ہی کران"۔ طوطہ
چھہ گاڑہ ہانزس ونان "بہ یلہ ملکانہ نش واتان چھس، یہ چھہ
پردس ژھایہ رُوزتھ مہ ونان۔ پتہ چھہ فلان میدان اکھ۔ امہ منز
چھہ اکھ دوہ اکھ مکانہ پیدہ گژھان۔ تمہ پتہ چھہ انسان جاتھاہ
اکھ اوان۔ ییہے چھہ اتھ مکانس نیبرہ کنہ زیتون سومبراوان۔ زیتن
انبار یلہ سمان چھہ، پتہ چھس نار دوان۔ تمہ پتہ چھہ امہ مکانہ منز
اکس خوبصورت زنانہ رٹتھ کڈان تہ تراوان اتھ نارس منز۔ یہ

زنانہ چھ سیٹھاہ شور کران۔ مگر یِم چھِ نہ کنہٕ تہِ بوزان۔ یہِ چھ
نارس منز دزان تہٕ اتہِ چھُو یہِ مکانہٕ تہِ غیب گژھان تہٕ یِم اِنسان
تہٕ۔ مہِ سوز وونی فوج تہِ آوت یہِ بہر معلوم کرنہ خاطرہ۔ مگر یِموانسانو
ژھن سوٗ میون فوج تہِ مارِتھ۔ پتہٕ تھوٗ مہِ شرط۔ یُس یہِ بہر معلوم
انہٕ کرِتھ۔ تمس سیت کرہ بوٗ خاندر۔ تہٕ سوٗی رٹہٕ میان پادشاہی تہِ۔
دیان چھِم اژ تام آیای وارِیاہ۔ مگر کانٛسہ تہِ ہیوٚک نہ میون یہِ
مُشکل حل کرِتھ۔ یُسوی گو سوٗی آو نہ واپس پھیرِتھ۔"

طوطہ چھُو گاڑہ ہانزس ونان "مہِ لِیہ یہِ بوز، بوٗ آسہ تہٕ پرژھان
چھس اَمِس طوطس۔" یہِ چھُم ونان "ژہ کر کام۔ فلانی کوٚس پتھ
چھوٗی ملنگاہ اکھ تمسی نِش گژھ۔ زارہ پارہ کٔرِس سوٗی ہاوِی
ژہ وتھ۔ تمہِ پتہٕ ونی بوٗ ادہ بٕرونٛہہ کُن کیاہ چھوٗی کرُن۔" طوطہ
چھُو ونان گاڑہ ہانزس "بوٗ گوس اَمِس ملنگس نِش۔ یہِ وُچھم گوٚبہ
اَکس منز بہت یادِ خداہ کران۔ بوٗ چھس اَمِس خدمتھاہ کران تہٕ
اَتھ منز چھُم یہِ ملنگہ پرژھان ژہ کیاہ گژھی۔ بوٗ ووٚتھس یتھہ
پاٹھِ چھ دلیل۔ مہِ گوٚژھ یہِ مُشکل حل گژھن۔ یہِ وُوتھم ادرہ گژھ پانس
مہِ سٕن ییٚن کتھن۔ مہِ لاجس چھپ۔ زارہ پارہ پھٕس کران۔ خدمت
چھس کران۔ آخر گو اکہِ دوٚہہ ملنگس انصاف۔ یہِ چھم دوان
جھولِ تہٕ بیہِ ژھوٹہ اکھ۔ دپان چھم ژہ گژھ فلان جایہِ۔ تتین چھوٗی
ناگ اکھ۔ ژھوٹہ رٹھ اتھس منز تہٕ وَس آچھِ وٹِت اتھ ناگس
منز۔ تمہِ پتہٕ وُچھک ژہ نوٗوی عالماہ۔ تتہِ چھوٗی پادشاہ۔ تمس
چھوٗی ناو شاہِ اندراز۔ تمسی نِش گژھِ چون گژھن۔ یہِ جھول گژھی
میانہِ طرفہ ڈال دِنہِ۔ مگر ژھوٹہ گژھہِ بیہِ مہِ نِش واپس انُن۔
تمسی وَن ژہ یہِ سورُوی حال۔ سوٗی کرہ چون مُشکل حل۔"

طوطہ چھُو ونان گاڑہ ہانزس۔ "بوٗ لِیہ شاہِ اندرازس نِش ووتس
تہٕ ووٚنمس یہِ۔" سوٚ وُوتھم "سور کرہ ہے۔ مگر کیاہ کرہ ژہ چھکھ تِم
ملنگن سوٗزمُت۔ وُون چھوٗی تمندُوی پاس تہٕ گژھ پانس۔" بوٗ
ووٚتھس، "بوٗ آسہ یوت سفر کرِتھ۔ ایژ سختی تنج مہِ امی خاطرہ۔
وُون کتھہ پاٹھِ گژھہ بوٗ ژھورُوی واپس۔" اَمِس تہٕ کورم زارہ پارہ۔

آخر وُوتھُم یہٕ "یُس سۄ مکانہٕ چھےٚ سۄ چھُو طلسمہٕ سیت بنان۔ تِم اِنسان چھِ ہیانی دِیو، یِمہٕ زنانہ چھِ ہیانِ کوٗر۔ سۄ گیہِ دیوس اکِس پتھ مشتاق تہٕ ژرِ تمِسی سیت۔ مےٚ آن یِمہٕ ژٹِت۔ دوٗلیس بازِ یہٕ میون ناد مہ مندہ چھاو۔ تمِ پھیور بتھ تہٕ ہونُن نہٕ میون کنہہ۔ توٚے چھُ مےٚ تمِس یہ سزاہ تھوٗمُت۔ یِمہٕ چھِ اٹھِ دۄہِ زالنہٕ اِوان تہٕ پتہٕ چھِ بیہٕ زِندہ گژھان۔" یہٕ وۄنتھ دِژنم کنہِ پھٕل ہناہ۔ دۄپنم یلہِ سۄ مکانہ بیہٕ پیدہ گژھِ، چون گژھِ یہٕ کنہِ پھوٚل تتھ مکانس سیت تھوٗن۔ پانہ گژھِ ژتجہِ گز دوٗرہ روزُن۔ اگر نہٕ ژٕ ہیاٚنس وننس پیٹھ پزِ چھےٚ اِوان ژٕ وُچھک پانَے سوٗروٗی حال۔"

طوطہ چھُو وَنان گاڑہ ہانزس "یِ یلہِ یہٕ کنہِ پھول ہیتھ آسَس تہٕ گوس اَمِس ملنگس نِش، اَمِس دِیوتُم ژھوٚٹہ واپس تہٕ گوس اتھ مکانس نِش۔ یہٕ کنہِ پھوٚل تھوٗم اتھ سیت تہٕ پانہ بیوٹھُس ژتجہِ گز دوٗرہ اتھ کُن وُچھنہٕ۔ وُچھان وُچھان ہیوٚت اَمِ کنہِ پھٕل گاہ ژٕاوُن۔ یہٕ چھُو پرزلان تہٕ مکانہ چھُو غیب گژھان۔ اتِ چھُس بُہ وُچھان سیٹھاہ خوبصورت زنانہ اکھ دیوس اکِس سیت بِہِت۔ مےٚ یلہِ یہٕ سوٗروٗی وُچھ بُہ آس ملکانہِ نِش تہٕ دۄپمس۔" یہٕ دِژھم اَورہ "مےٚ کتھ پاٹھِ ژرہ فکرہ ژٕ چھکھہ پوٚژ ونان کنہِ اپُز۔" دۄنِ کیاہ ونہ ہا بُہ اَمِس۔ بُہ گوس بیہٕ طوطس نِش تہٕ چھُس پرژھان۔ یہٕ طوطہ وۄتھُم ژٕ گژھ بیہٕ تمِسی ملنگس نِش۔ تمِسی کمہ زارہ پارہ۔ بُہ چھُس بیہٕ گژھان۔ اَمِس چھُس سیٹھاہ زار عاجزی کران۔ واریاہس کالس خدمتھاہ کرِتھ چھُم یہٕ دِیان ژٕ گژھ بیہِ شاہ اندرازس نِش۔ تمِسی دَن اَمِس کورہ دِیہ دۄنِ معافی۔ یہٕ ملنگہ چھُو مےٚ بیہِ یہٕ ژھوٚٹہ ہیٚن دِوان۔ بیہٕ چھُم دِوان ٹوپ پنُن۔ دِپان چھُم "یہٕ ٹوپ گژھِ شاہ اندرازس بروٚنٹھ کنہِ ترٛاوُن۔ مگر یہٕ ژھوٚٹہ گژھیم واپس اَنُن۔"

طوطہ چھُو گاڑہ ہانزس ونان۔ "بُہ چھُس بیہٕ واتان شاہ اندرازس نِش۔ اَمِس چھُس ملنگہ سُنٛد ٹوپ بروٚنٹھ کنہِ ترٛاوان۔ یہٕ چھُم بیہٕ ونان "سوٗر ترٛاوُن ہے کرِتھ۔ مگر کیاہ کرہ ژٕ چھکھ تمِ ملنگن سوٗزمُت۔" بُہ چھُس اَمِس زارہ پارہ کران۔ دِپان چھُس ژٕ کرتہٕ دۄنِ کورہ

پننہٕ یہ سزاہ معاف۔ یلہٕ مہٕ یہ مجبوٗر کوٗر۔ آخر چھِم یہ وعدہ کران۔ دپان
چھِم گژھہ" یوٗ تھوٗن ازکہٕ پیٹھہ کوٗرِ یتی بند کرِتھ۔ ڈوٗنِ نہٕ بنہٕ تتہٕ سوٗ
مکانے نہٕ اِیہ سہٕ نارسی منز زالنہٕ" یلہٕ مہٕ یہ وعدہ دِوان چھوٗ، یوٗ چھس
ملنگس نِش ژھوٹہ تراوان تہٕ واتان ملکانہٕ نِش۔ اَمِس چھس یوٗ وَنان۔
یہ اَمِس شاہ اندرازہ سُنز کوٗر اتھ نارس منز زالنہٕ اوان۔ اَمِس چھس یوٗ
سارٕی حقیقت وَنان۔ دپان چھوسس ڈوٗنِ سپدِ تمِس سزاہ معاف
ملکانِ چھم وَنان "ہرگاہ اِی پوٗز چھوٗ تیلہٕ گژھہ نہٕ سوٗ مکانہٕ تتین پیدہ
گژھن" پراران چھہ ڈوٗنِ وقتس۔ یلہٕ نہٕ اتہٕ یہ مکانے بنیوو، نہ گے
تمہ انسانی پیدہ۔ امہ ملکانہٕ دوٗپ پَزِ پاٹھہٕ کوٗرتھ ژٕہ میون شرط پوٗرہ۔
"ڈوٗنِ سپنزس بوٗچھ آن"۔ تمہ پتہ چھس یوٗ اَمِس سیت خاندر کران۔ تہٕ
بنان امہ شہرک پادشاہ۔ یوٗ چھس گژھان ڈوٗنِ اَمِس ملنگس نِش
ننہٕ طرفہ ڈال ہِیتھ۔ طوطہ تہٕ چھوسن سیت تلان۔ اتہٕ چھم یہ ملنگہ وَنان
"چوٗن مشکل تہٕ سپد حل۔ ڈوٗنِ مہ تھوٗن یہ طوطہ پانس نِش۔ یہ ژھوٗنُن
کنِنتھ" مہ گو اَمسند یہ وَنُن مشکل۔ مہ دوٗپ وَنان کیاہ پریشانی چھوٗ یہ۔

اَمِ طوطن واتنوٗوس بوٗیتھ کماس۔ یِہوٗی ژھنہٕ بوٗ کنِنتھ۔ مہ کُن نہ
طوطہ کنہِ تہٕ بیوٗ ٹھس پانس۔

طوطہ چھوٗ وَنان گاڑہ ہانزس۔ "دوٗہا دوٗہا چھوٗ گژھان تہٕ یہ زنانہ
میاَن چھہ بیمار پیوان۔ سیٹھاہ علاج کرِتھ چھُنہٕ اَمِس کنِہ بنان۔ بوٗ گوس
اَمِس ملنگس نِش"۔ یہ چھِم اتہٕ بیہ وَنان "مہ ونیومے ژٕہ طوطہ ژھنُن
کنِنتھ۔ یہ واتناوِہی ژٕہ آزار"۔ مہ کھشر ژکھ۔ مہ دوٗپ یہ چھوٗ خبر کیاہ
بکواس وَنان۔ طوطنی واتنوٗوس بوٗ یتھ کماس پیٹھ، یِہوٗی واتناوِ یا مہ
آزار۔ مہ کُن نہ طوطہ کنہِ، یُت کال پادشاہ بائی ہرتھ گیہ۔ اتہٕ اوٗدسس
بوٗ اَمسندی سیت پادشاہی کران۔ یلہٕ یہ مرِتھی گیہ، ڈوٗنِ چھس بوٗ دپان
کرہ کیاہ۔ یرژھان چھس اَمِس طوطس۔ یہ چھم وَنان۔ بوٗ بناوتھ ژٕہ
بیہ پادشاہ۔ ژٕہ یہ مہ سیت۔ نِوان چھم یہ پانس سیت اَکِس دریاوس نِش
اتین چھوٗ آسان گل اکھ۔ دپان چھم "ژٕ کھن یتھ کلس نِش۔ اتہٕ چھوٗی
اکھ صندوق سوٗی کڈُن۔ تمہ منزہ نیرِی مختہ ہار۔ سوٗ تراوِ مہ نال"۔ بوٗ
چھس اتین کھنان۔ اتہٕ چھوٗ زمینہ تلہ صندوق نیران تہٕ امہ منزہ چھس

بۆمختہ ہارکڈران۔ ییتھوی مہ یہ اَمِس طوطس ناَلِ ترٛاوٕ، اَمِس گوٚ دیوا اکھ
تیار۔ اَمِس دِیوَتٕ مہ پھوک تہ بنوٕ وٕنَم کنہٕ پھول۔ دِیوٚتنس دریاوس دارِ
اتہٕ کھیوٚنس گاڑہٕ۔ تِمہ رێتھ وآتہٕ مہ گاڑہ ہندِس شِکمس منز۔ وۄنِ چھمنہ
خبر بۆ کِتھہ پاٹھہٕ بنیوٚس بیہ طوطہ۔"

طوطہ چھوٚ ونان گاڑہ ہانزس" وۄنِ اگر ژہ مہ تمسی ملنگس نِشِ
وآتناونکھ۔ سوٚ کرِہے مہ دُعای خیر تہ بۆ موکلہ ہا یمہ عذابہ منزٕ۔"
گاڑہ ہانزس چھوٚ یہ بوزِتھ اَمُسند عار اِوان۔ یہ چھوٚ اَمِس ٹھپس منز
تُلان تہ گژھان ملنگس نِش۔ پکان پکان چھوٚ دتہٕ اَمِس ژوٚرٕ رُون اکھ
سمکھان۔ یہ ژوٚرٕ رُون چھوٚ گاڑہ ہانزس ونان۔" اے انسانہ ژہٕ چھُوہی
یہ طوطہ ہێنِتھ فلاَنِ ملنگس نِش گژھُن۔ تتی وۄنِتھ تمِس میوٚن تہٕ۔ زارہ
پارہ کورُتھس۔ دپُس بۆ گوژھس یمِہ عذابہ تلہ موکلُن"۔ گاڑہ ہانز چھوٚ
حیران گژھان۔ اَمِس چھوٚ پژھان" ژہٕ کِتھہ پاٹھہٕ گیی یہ خبر۔ مہ چھوٚ تمِس
ملنگس نِش گژھُن"۔ ژوٚرٕ رُون وۄنُتھس"۔ مہ چھہ اَمِس طوطہ سِنز ساری
دلیل خبر۔ یہ کیاہ اوس تہ اَمِس کیاہ بنیوٚو۔ بۆ اوسُس پانہ تمِسی ملنگس
نِشِ۔ تمِ وَنیوٚو اَمِس سوٚ طوطہ ژھننٕ گژھتھ۔ تہ کیازِ ژہ سوٚ اوس
دِیو۔ تمِس دِیوس اوس تمِ ملنگن سزا دِیُتمُت تہ اُسُنس طوطہ بنوومُت
اَمِ یلِہ نہ ملنگہ سُند موٚن تمی ٹوٚگُس یہ سزاہ۔ یہ ژوٚرٕ رُون چھُس
ونان۔ مہ گو پانس تہ اِی۔ مہ تہ موٚن نہ اکِہ وقتہ تمُسند۔ تمی گوم
یہ حال"۔ یہ چھوٚ گاڑہ ہانزس سوال کران"۔ ژہ یلِہ تمِس نِش واتکھ
میانہ طرفہ تہ کرِزِیس زارہ پارہ"۔

گاڑہ ہانز چھوٚ یہ بوزِتھ گژھان وۄنِ ملنگس نِش۔ اتہٕ چھوٚ اَمِس
طوطہ سُندِہ بدلہ تہ ژوٚرٕ رُونِ سُندِہ بدلہ زارہ پارہ کران۔ ملنگہ چھوٚ طوطس
پھوک دِوان تہ یہ چھوٚ اِوان بیہ پننِہ شکلِہ منز۔ دُعا چھوٚ منگان تہ ہوٚ
ژوٚرٕ رُون تہ چھوٚ گژھان ٹھیک۔ لعل فروش چھوٚ بیہ لعل فروش بنان
یہ چھوٚ اَمِس گاڑہ ہانزس مالامال کران۔ اَمِس چھوٚ سورُے شکس
ژلان تہ کران چھوٚ آراماہ ٭

# ژٕٹہ زٕرٕ بچہٕ

یہِ اُس پادشاہ بایاہ اکھ۔ یہے اُس محلہ خانہٕ کِس درِچس پێٹھ بہان تہٕ نظارہ وُچھان۔ اتھ درِچس نِش اوس نێبرٕ کُن ژٕرٕ اول۔ اَتھ منز اُس ژرٕ بچہٕ۔ بِتھوٗی ژرٕ یمن آینہٕ انان اُس، یِم ژرٕ بچہٕ اُس چچہٕ رارٕے کران۔ پادشاہ بایہ اُس ژرٕ بچن ہنز یہ چچہٕ رارٕے خوش کران۔ تۄہے کِن اُس دۄہہ دِش اتھ درِچس پێٹھ بہان تہٕ یہند شور بوزان۔

اَتھ منز چھ دۄہہ اکہٕ پادشاہ باہی درِچس پێٹھ بہت۔ مگر امہ دۄہہ چھنہٕ یہ ژرٕ بچن ہنز چچہٕ رارٕے کنہٕ تہٕ بوزان۔ دپان چھ "امایہٕ کیاہ سنا دلیل چھ۔ از کیازہ چھنہٕ یمن موج آینہٕ ہێتھ اِوان خیال گوس شاید آسن یمن بڈِ گیمت، تہٕ ژلمتٕ آسن۔ مگر دِلس منز رُودس شک۔ دایہ کوٗرن آو۔ دۄپنس "ژٕ وُچھتہٕ ییتھ ژرٕ اُلس اندر اَتھ ترأوِتھ۔ اتھ منز چھا کنہہ کنہٕ نہٕ۔" دایہ چھ درِچہ کِن نرٕ ویٹھرا وان تہٕ ژرٕ اُلس منز اَتھ ترٲوان۔ اورٕ چھ کڈان ژرٕ بچہٕ۔ مگر ساری مۄدمٕت۔ پادشاہ بایی چھ حیرتن گژھان۔ دایہ کُن چھ وَنان "یمو کُس چیز چھو کھیومُت یمہ کِن یِم ساری مۄدمٕت چھ۔" دایہ اَتھہ چھ یمن شکم مُژرادہ ناوان۔ اتہٕ کیاہ چھ وُچھان۔ یمن سارِنی شکمس منز میژٕ رٕ گنڈٕ۔ پادشاہ بایی چھ دایہ کُن ونان "یِنٕ موج یمن آینہٕ بدلہ میژٕ رٕ گنڈٕ دِیہ ہیے نہٕ۔ یمن آسہٕ شاید یِنٕ موج مۄمژٕ یا آسہ واریٖل ماژٕ مژٕ۔ مالِ آسیکھ دۄیمِ نلیتھر کورمُت تہٕ وۄرٕ ماجرا آسن نہٕ یِم ژرٕ وٕنہٕ آمتِ۔" اِہی وَنان ترٲوِن نێبرٕ کُن نظر۔ اتہٕ وُچھِن یِزٕ پاٹھِ بدل ژرٕ اکھ تو نتہٕ منز میژٕ رٕ گنڈٕ ہێتھ کُلس پێٹھ۔ پادشاہ بایہ گو دۄن پوٗرٕ یقین۔ سیٹھاہ تغیر گوس دِلس۔

اُمس پادشاہ بایہ اُس پانس ترِٛیہ[3] شہزادہ۔ ژرٕ بچن ہند حال وُچھتھ گو اُمس دِلس منز خیال گنان۔ امی ساعتہٕ پێٹھ پێٹھ دارٕ برٕ ترٛاوِتھ۔ پادشاہ یلہِ دربار گرٕتھ محلہ خان اِوان چھو اتہٕ چھو

وُچھان پادشاہ بای دارِہ برٛژٕ ٹیرٕت۔ پادشاہ بای چھِنہٕ اَمِس بر مٕژرادان۔ دِپان چھس "گوڈٕہ دِم وعدہ اَدٕہ مٕژرادَے بر۔" پادشاہس چھُو آسان پادشاہ بایہِ ہُند سیٹھاہ محبّت۔ یِہ چھُو اَمِس وعدہ دِوان۔ دِپان چھُس "یِہ ژٕہ مَنگکھ تہٕ دِمَے بٕہ۔ یہِ ژٕہ وَنکھ تہٕ کرٕہ بٕہ۔" پادشاہ بای چھِہ دروازٕہ مٕژراوان۔ پادشاہ یِلہٕ بہان چھُو پادشاہ بای چھس دِپان گوڈٕہ کرٕنِنُے وعدہ برابر۔ پادشاہ چھُس دِپان "وَن ژٕہ کیاہ گژھی۔ بٕہ کرٕہ پَنُنُے وعدہ پوٗرٕ۔" پادشاہ بای چھِہ اَمِس ژٕرِہ تہٕ ژٕرِہ بچن ہنٛز دلیل وَنِتھ دِپان "مہٕ سیت کر وعدہ ہرگاہ بٕہ ژٕہ برٛونٛٹھ مرٕہ، ژٕہ کرکھ نہٕ بیاکھ خاندر۔" پادشاہ چھُو اَمِس وعدہ کران۔

دوٕہا دوٕہا چھُو گژھان تہٕ پادشاہ بای چھِہ مَرِتھ گژھان پادشاہ چھُو وُون موٗنڈُس کڑان۔ دوٕیم نیٚتھر کرٕہِ ہیٚے مگر وعدہ چھُس کوٗ ہمُت۔ دوٕہ دوٕہ چھُو گژھان۔ امیر وزیر چھِہ پادشاہس مجبوٗر کران۔ دِپان چھُس "مٕرِتس پتہٕ کُس چھُو موٗدمُت۔" کتھِہ کتھِہ چھِہ پادشاہس مانزاوان بیاکھ نیٚتھر کرنہٕ باپت۔ پادشاہ چھُو نہٕ پَنُن وعدہ پالان کنٛہہٕ تہٕ کران چھُو دوٕیم نیٚتھر۔ اما پوز شہزادن ترٛین چھُو دوٗر جایہِ اَکس تھوان۔ کیوٚنژِھ کالاہ چھُو گژھان تہٕ یِہ دوٕیم پادشاہ بای چھِہ بوزان ژٕہ پادشاہن ہا چھِہ تھوٗمٕژ پَنٕنۍ شہزادہ مٕہ ژوٗرِہ یِتھوٗ ہی یہِ بوزان چھِہ، یِہ چھِہ اَمی ساعتہٕ پٛیٹھہٕ رُوشِتھ بہان۔ پادشاہ یِلہٕ اَمِس پٛرژھان چھُو اَخر رُوشنُچ دلیل کیاہ چھِہ، یِہ چھس وَنان ژٕہ کیاہ بٕہ آسیٚہ اِیژٕ دُشمن بوزنہٕ ژِہ ژٕہ چھِتھک پَنٕنۍ شہزادہ مٕہ ژوٗرِہ تھوٗمٕژ۔" دِپان چھُس "کیاہ چاَنِ نیچو چھِنا میاَنِ نیچوِ۔" اَمی ساعتہٕ پٛیٹھ چھس اگادِہ گژھان۔ دِپان چھس "تیوٗت کال چھِنہٕ بٕہ چاَنِ زنانہٕ یوٗت کال نہٕ شہزادہ پَنٕنۍ مٕہ نِش انہٕ ہک۔" پادشاہ چھُو مجبوٗر گژھان۔ یِہ چھُو ترٛشوٕنَے شہزادن واپس انہٕ ناوان۔

شہزادہ یِلہٕ اِوان چھِہ، یِہ پادشاہ بای چھِہ یِمن نالہٕ متہٕ رٹان ہوٗنٕہ تہٕ میٛٹھ کران۔ شہزادہ تہٕ چھِہ اَمِس ماجِہ ہنٛزِہ نظرِہ وُچھان اَتھِ منٛز چھِہ یِہ پادشاہ بای ژِٹھس ہیٚوٚس شہزادس وَنان دِپان

چھس" ڈولہ مےٚ سیت گِند نرد مہٕ"۔ پادشاہ بابہٕ چھےٚ دِلس منز رایہ بد
آسان گومُت۔ شہزادہ چھےٚ اَمِس اِنکار کران۔ دپان چھُس" ماجہ تُوتہٕ تَرِن
واتہٕ نہٕ نرد مہٕ گِندمُن"۔ یہ وَنِتھ چھےٚ نیران۔ امہٕ پتہٕ چھہ یہ بیِس شہزادس
تہٕ یتھےٚ پاٹھِ وَنان۔ یہ تہٕ چھُس اوزٕ یہُوے جواب دِوان — یلہٕ
ترٛشوٕے شہزادہ اَمِس کُنُوے جواب دِوان چھہ، اَمِس پادشاہ بابہٕ
چھےٚ اَندری ہیہٕ گژھان۔ اِمی وقتہٕ پیٹھہ چھہ یہ بیمار لاگان۔ پادشاہس
چھہ فکرِ پیوان۔ سیٹھاہ علاج، پیر فقیر چھےٚ کران۔ مگر پادشاہ بای بلان
کُنہٕ چھِنہٕ۔ پادشاہ چھُو مجبوُر گژھان۔ یہ چھےٚ شہرِ کِس بڈِس حکیمس
ناد دِتھ انان۔ حکم چھُس دِوان۔ دپان چھُس" ہرگاہ پادشاہ بای بلراوٕ
ہِنَن تہٕ جان نتہٕ کرناوتھ بُہ قتل"۔ حکیم پیوٚ بچور مرنہٕ۔ کرِ کیاہ! اُوچھان
چھےٚ پادشاہ بابہٕ بیمارِ یاہ کُنہٕ چھِنہٕ۔ یہ پادشاہ بای گرتن کامہ۔ امہٕ اَنہٕ
نو دُوٕرہ پاٹھِ یہ حکیم ناد دِتھ۔ ڈُوٚنِس" ہرگاہ ژٕ بچِن چھُوی تیلہٕ
کر ژٕ اکھ کامہ۔ ژٕ وَن پادشاہس۔ دُپُس پادشاہ بابہٕ چھہ درِچ بیمار
یہ بلہٕ تیلِ یلہٕ اَمِس یمَن ترٛین شہزادن ہُند کرِہنہٕ ماز کھیوٚن ایہ دِنہٕ۔
دپان چھس"۔ اگر ژٕ یہ کرکھ، اکھ بچک زُوٗہ بیہ دِمےٚ بُہ انعامہ"۔
حکیمن تہٕ زون غنیمت۔ گو تہٕ یتھےٚ پاٹھِ وُدنُن پادشاہس۔ دپان
چھُس امہٕ ورٲے بیہ کانہہ علاج چھُنہٕ۔ پادشاہ گو یہ بوٗزِتھ سیٹھاہ
مجبوُر۔ مگر اَمِس پادشاہ بابہٕ ہُند اوُسُس محبّت۔ اَوٚنُن وزیر ناد
دِتھ تہٕ وُونُن تمِس حکیمہ سُند علاج۔ دپان چھُس ژٕ نِکھ تو تہٕ پاٹھِ
ترٛشوٕے شہزادہ کُنہٕ جایہ تہٕ یہُند کرِہنہٕ ماز واتہٕ ناو پادشاہ بابہٕ نِش
وزیر اوس داناہ تہٕ اَمِس تُوٗرٕ یہ سورُوی فکرِ۔ پادشاہس چھےٚ اقرار
کران تہٕ نِوان چھےٚ ترٛشوٕن شہزادن پانس سیت۔

وزیر چھےٚ آسان گاٹُل تہٕ وفادار۔ یہ چھُو شہزادن بوزناوان
دپان چھُک، یمہٕ کتھہِ چھےٚوہ یہ دلیل۔ ڈُوٕرٕ موج چھُوہ تُوہہٕ مارناوُن
یژھان۔ لہٰذا ہرگاہ تُوہہٕ زُو بچاوُن چھُوہ، تُوہہٕ ژلِو راتو رات
یمِ شہرِ منزہ۔ اَدہ یتہٕ کُن لگیوٚ تہٕ تتہٕ کُن۔ مگر یتہٕ مہٕ رُوزِیو۔ پننہٕ
طرفہ چھُک مُہرہ ٹھیلہٕ ہنا دِوان تہٕ کڈان امہٕ شہرہ منزہ۔ ڈُوٕن
چھِیم ترٛشوٕے شہزادہ بیِس طرفس کُن ژلان۔ وزیر چھےٚ کران کامہ

ژورِ پأٹھ چھُ ہوٗنیٚن ترٛین مارناوان تہٕ یہنٛدٕ وی کرِہنہٕ ماز چھِ پادشاہ
بایہِ کھیٚون دِوان۔ پادشاہ بای چھِ کھیوان تہٕ بلان۔ زانان چھ
زِ ترٛشوٕے شہزادہ آسے مارنہٕ۔ شہزادہ چھِ پانس سفر کران —

شہزادہ چھِ ژلان ژلان واتان بیٚس مُلکس منز۔ وتہِ چھ
یکان آسان تہٕ اورٕ چھُ شخصاہ اکھ لاران اِوان۔ اَمِس چھُ آسان
کٕھٹھ رووُمُت۔ یتھوٕی یمِن نِش واتان چھُ، پرٛژھان چھُک ہے
توٗہہِ ماگوٕ کُنہِ جایہِ کٕھٹھ نظرِ۔ بوٗڈ ہیوٗ شہزادہ چھُس دپان گرِہنہٕ زنگہ
اوسیہٕ کٕھٹھ۔ یہِ شخص چھُ دوٗٹھ کڈان۔ دپان چھُس اَدٕ گرِہنہٕ رنگے
چھُم۔ وُدن ونتم ژہٕ کتہٕ وچھتھن۔ شہزادہ چھُس دپان۔ مےٚ چھے نہٕ
کنٛہہ خبر۔ مےٚ چھُن کٕھٹھ دچھمُت چھُنہٕ۔ یہِ شخص کٕنٛتھ تلکیٚس تھپ۔ دپان
چھُس بوٗ کتہِ مانےٚ۔ دراصل آسِتھن ژٕہی نیومُت۔ یہِ چھُ شہزادس
تھپ کرِتھ یکہٕ ناوان۔ دپان چھُس مےٚ دِن کٕھٹھ واپس۔ اِی کران
چھُ اورٕ بیاکھ شخصاہ لارِ ہیوٗت اِوان۔ یتھوٕی شہزادن نِش واتان
چھُ، دپان چھُک۔ ہے مےٚ چھُ دوٗنٹ ژولمُت۔ توٗہہِ ما وچھوٗن یپارِ
کُنہِ جایہِ۔ منز یوٗم ہیوٗ شہزادہ چھُس ونان۔ کیاسہ چھُن دوٗنٹھ ما چھُ
کھوفرِ اَچھِ کوٗن۔ یہِ شخص گوٗ خوش۔ دپان چھُس۔ اَدٕ سوٗی چھُ میوٗن
دوٗنٹ۔ ژہٕ کتہِ وچھتھن۔ شہزادہ چھُس دپان۔ مےٚ چھے نہٕ کنٛہہ تہٕ خبر۔
مےٚ چھُنہٕ چھُن دوٗنٹ وچھمُت۔ اَمِ شخصن ژٕھنِس جیٚبہِ۔ دپان چھُس
تیٚلہِ چھُک ژٕہی ژوٗر۔ ژٕے چھُ تھن میوٗن دوٗنٹ نیومُت۔ اَتھِ
منز چھُ بیاکھ شخصاہ دوران اِوان۔ اَمِس چھُ آسان زنانہٕ ژھجر
یہِ تہِ چھُ یمِن پرٛژھان۔ توٗہہِ ما وچھوٗن کانٛہہ زنانہٕ یپارِ ژلان۔
لوکٕٹ ہیوٗ شہزادہ چھُس ونان۔ کیاسہ چانِ زنانہٕ چھا حاملہ۔ اَمِس
شخصَس چھُ برابر نیب اِوان۔ دپان چھُس یہِ ونتم ژہٕ کتیٚن
وچھتھن۔ شہزادہ چھُس ونان۔ مےٚ وچھمے نہٕ کنٛہہ۔ یہِ زن پرٛژھوےٚ
یہِ شخص کٕنٛتھ سہ تلکیٚس تھپ۔ یموٕ ترٛشوٕی شخصو ٹُل کریکھ ناد۔ اتیٚن
سیمٛیاہی وارباہ۔ سارِی چھِ دپان۔ دراصل چھِ یِم ٹھگ۔ یِم لوٹاون
سارِنی یتھے پأٹھ۔ مگر یہِ چھُنہ کانٛسہِ خبر زِ یِم ما چھِ شہزادہ۔
لوکٕ چھِ یمِن ترٛشوٕنِ شہزادن نِوان رٕٹِتھ تہٕ واتناوان اتہِ

کِس پادشاہس نِش ۔ ساری چھ پننی پننی فریاد کران ۔ اکھ چھُو ونان
مےٚ چھُک کٔنٛڈ نیومُت ، بیاکھ چھُو ونان مےٚ نیوکھ وۄنٹ بیاکھ چھُو بارٕ
دِوان مےٚ چھکھ زنانہ نیمژ ۔ پادشاہ یلہٕ یمن بیانہ چھُو ہیوان ، زٕ ووٚتھ ہیوٚ
شہزادہ چھُو ونان ۔ پادشاہ سلامت بٔ ژُور کٔنہہ چھُسنہ ۔ یتھ گو مےٚ
کِتھ پاٹھٕ دِوان اَمِس چور کٔنٛڈ چھُو کرِہانہٕ رنگہ ۔ پادشاہ سلامت وتہٕ
پکان وُچھ مےٚ اَکِس جایہ کَنٛڈٕ دۄہس منز کٔنٛڈ سنز کرِہین مۄون لاگمژ
مےٚ یلہٕ بۄزا اَمِسند کٔنٛڈ چھُو اپارِ کِن ژٕ ولمُت ، مےٚ کوٚر اندازہ سۄ آسہِ
ہے کرِہانہ رنگہ ۔ نتہ مےٚ آچھیوٚ کٔنٛڈ کٔنہہ وُچھمت چھُسنہ ۔ پادشاہ یلہٕ منزِ مِس
شہزادس بیانہ ہیوان چھُو ، سۄ چھُس دپان ۔ پادشاہ سلامت ! بۄ تہٕ
ژُور چھُسنہ ۔ مےٚ وُچھ وتہٕ پکان سٹرکِ دچھنہِ طرفہ یمِ کُلِ اَمِس تمن ادس
پن تہ ریچھِ رِنچہِ لنجہِ کھینہ آمژٕ ۔ سٹرکِ کھوفرِ طرفہ یم کُل اَمِس تمن ادس
سورُوی پن موجود ۔ مےٚ یلہٕ بۄزا اَمِس شخصہ سُند وۄنٹ چھُو اپارِ ژولمُت
مےٚ کوٚر پلنے اندازہ ۔ سۄ وۄنٹ گژھہ کھوفرِ اَچھِ کون آسُن ۔ تَوَے
چھُو تمِ صرف دچھنہِ طرفہ کین کُلین ہند پن کھیومُت ۔ کھوفرِ طرفہ
چھُسنہ بوزنہ آمُت ۔ ترِیم شہزادہ تہٕ چھُو یتھے پاٹھٕ بیانہ دِوان ۔ دپان
چھُس پادشاہ سلامت ! وتہٕ پکان وُچھ مےٚ اَکِس جایہ سٹرکِ اَکِس
طرفس کُن کٔمِ تانِ تھکُ کوڈمُت ۔ تتھین ادس اِنسانہ سُندِ بہنک
نشانہ ۔ مگر تھوٚد وۄتھن وِزِہ اَمِس تمِ زمینس اتھہ ڈکھرادِمُت ۔ یہ
وُچھِت گو یوٚ مےٚ خیال شاید آسہِ ہے کانٛہہ مزور اوسمُت ۔ یمِ اتین
تھک چھُو کوڈمُت ۔ بور آسنہ سبب چھِن وۄتھن وِزِہ زمینس سیت
اتھہ ڈکھرادِمُت ۔ پتہ یلہٕ یمِ شخصن وُون مےٚ چھ زنانہ اَمی وتہٕ کُن
ژٔجمژ ، اَمی ساعتہ کوٚر مےٚ اندازہ سُہ گژھہ حاملہ آسُن ۔ ژلان ژلان
آسہِ ہے سُہ تھچمژ تہ اتین آسہِ ہن تھک کوڈمُت ۔ تہٕ کیازِ حاملہ
زنانہ تہٕ چھ وۄتھن وِزِہ زمینس سیت اتھہ ڈکھراوان ۔ پادشاہ
سلامت ! نتہ مےٚ آسنہ زنانہ نظرِ چھنہ گٔمژ ۔ نہ چھُس بٔ ژُور ۔

پادشاہ یلہٕ یمن ترشوٚن شہزادن ہُند بیانہ بوزان چھُو ۔ یہ چھُو
تِہنز عقل وُچھِت حیران سپدان ۔ دپان چھُو یمِ گژھن پٔزِ پاٹھٕ بڈِ
خانہ دادِک آسٕنِ ۔ فریادین چھُو جواب کران تہٕ یمن چھُو دپان از

چھُوہ توہیہ ترُشوَن مِیوٗن سال۔ پادشاہ چھُےٚمِن ژٔرِ لازہ رٹان تہ
ہِندِ خاطرہ چھُےٚ نفیس نفیس ضیافژ تیار کرہ ناوان۔ پانہ چھُ لنگرس
نِگرانی کران۔ یُوت کال یمَن ضیافت برٛونٹھ کُن واتنا وان چھُےٚ۔ پانہ
چھُےٚ روزان دروازس نیبرٕ کِنہ ژوٗرِ پاٹھِ وُچھنہِ۔ خیال گوس۔ بوَ
وُچھہا یِم کتھ پاٹھِ کھیٚن بیہِ کیاہ کتھ کرن پانہ واَنِ۔

ضیافت کھیٚوان کھیٚوان چھُےٚ اکھ شہزادہ ونان۔ پادشاہن اَس
نفیس ضیافت تیار کرناوِمژ۔ اما پوز ہیوٗنِ ماز چھُن رنہ نووُمت۔
بیاکھ شہزادہ چھُس ونان۔ ژوٚچن تہِ چھُو مُردہ مازُک مُشک اِوان
بیاکھ شہزادہ وُوٹھک مرِ چھُےٚ فکرِ تران۔ یہِ پادشاہ چھُنہ پادشاہ
زادہ۔ یہِ چھُےٚ وازہ کُہٹ۔ پادشاہن یِلہِ ہِنزٕ یِمہ کتھ بوزہ، اَمِس
گونڈُن نار۔ ژوٚپُن کیاہ بوٚ چھُس وازہ کُہٹ۔ شرارت کھوٚتُس۔ ژوٚپُن
اژہ تہ ژھنگھ ترُشوٚرے ماَرِتھ۔ سیتی پیوس ہِہند گاٹہ جار یاد۔
ژوٚپُن گوڈٕ چھُو بہتر ہِنزٕن کتھن سرٕ گی کرُن۔ اِی کران تہ
دورِ یوٚو لنگرس منز۔ ژوٚٹُن وازہ۔ دپان چھُس پوز پوز دَن یہِ کیٚو ہُو

ماز اوسُوی ژونمُت۔ وازس ژایہِ تھرہ۔ یہِ چھُس گُلِ زٕ گنڈِتھ ونان
پادشاہم اصل کتھ ماز چھُو۔ فلانِ شخصس نِش اَونمُ یہِ کُہٹ۔ اِمی ساعتہ
انہ نووُن سُہ شخص تہِ۔ پادشاہ چھُو اَمِس تہِ پرٛژھان۔ پوز وَن
اَمِس کٹس کیاہ نقص اوسُوی۔ نتہ مارِتھ بوَ۔ اَمِس شخصس ژایہِ نٹھ
گُلِ زٕ گنڈِتھ چھُس ونان۔ پادشاہم بوَ ونے پوز۔ اَدہ ژہ
مارِتم یا تھوتم۔ اَمِس کٹس اَمِس زِیوٚنسی موج موٗمژ۔ سیتی اَمِس
ہونِہ اکِہ آنگنس منز بچہِ دِتمُت۔ یہِ تہِ گوٚ تمِسی دوٚدھ چوان یُوت
کال بڈیوٚو۔ پادشاہن زون۔ اوتہِ توٚرے اوسمُت چھُو مازس ہیوٗنِ
ناٹن ہُند مزہ۔ یِتھے پاٹھِ انہ نووُن سُہ گریُوس تہِ تمِس نِش اوٹ
اوس انہ آمُت۔ پادشاہ چھُو اَمِس تہِ پرٛژھان۔ اَٹس کیازِ اوسُوی
مُردہ مُشک۔ گرِیستس ژاولرزِہے جان۔ یہِ توٚگ عرض کرنہِ۔ پادشاہم
اٹس کانہہ نقص اوسنہ۔ مگر اکھ کتھ چھےٚ مہِ اوس یہِ گنگ ملگزارس
وُومُت۔ خبر چھا تمیٚوک کِنہہ اثر ما چھُس توٚرمُت۔ یہِ بوزِتھ گوٚ
پادشاہس نِچتہ یقین زِہ شہزادن ہُند وَنُن چھُےٚ پوز۔ زٕ کتھ یِلہِ

برابر آیس، پانے زونُ زِہ ترِیم کتھ تہ آسہ پز۔ وُونِ کتھ روزنس
تاب! دوریوو ماجہِ نش۔ دپان چھُس مہ وَن پُوز میثون مول کُس
چھُو۔ موج چھس ونان پُوترہ یمہ کرِتھ کتھ چھکہ کران۔ ژہ چھکھ
پادشاہ زادہ۔ چون مول اوس پادشاہ۔ یہ کتھ مانیس۔ دپان چھُس
ہرگاہ پوز ونکھ تہ جان۔ ونکھ نے یا مارتھ ژہ ننہ مارہ پننُ پان——
پادشاہ بای یلہِ سیٹھاہ مجبوُر چھ گژھان۔ دپان چھس پُوترہ اَدہ بوز تہ
پُونزوی۔ مہ آسہ دوہے کورِے تہ کورِے زیوان۔ اِی تہ گو پادشاہس
سیٹھاہ ناگوُار۔ پتہ دوپنم اگر بیہ تہِ کوُرئی زایی بوُ ژھنت مارِتھ۔
تقدیرِ نہِ کارہ زالیم امہِ لٹہِ تہِ کوُرئی۔ وُونِ کیاہ کرہ ہا بوُ۔ مہ وُونُ
دایہِ ینہِ۔ قدرتس اَسئس بوُ بچاوَنِ۔ پادشاہ سُنز وازہ بای تہِ
اَس امِی دوہہ پیامژ۔ تمس اوسک زامُت ژہ۔ دایہ کرِ کام
میاَنِ کوُر دژِن وازہ بایہ تہ ژہ تھونکھ مہِ نش۔ پادشاہس کرِکھ
شیچھ زِہ از چھُوی ینچوُ زامُت۔

پادشاہن یلہِ یہ بوُز، دوپُن شہزادو چھنہ اُپُز کُنہہ ننہ

وُومُت۔ بوُ چھُس پزِ پاٹھِ وازہ کتھ۔ بہنزہ عقلہِ پیٹھ گو حیران۔ دوپُن
اگر وزیر شوُبن ترِیمے ترییہ[۳]۔ آو تہ وُونُ یمَن۔ دوپنک از تام
اَسوَہ میانِ پرِھ۔ وُونِ چھوہ اَزِ کہِ پیٹھہ میاَنِ خاص مشیر۔ شہزادہ
بنیا ہی وُونِ پادشاہ سُندِ خاصُ الخاص۔ یمن چھ کام پادشاہس مشورہ
دِیُون تہ دوہس تہ راتس راَچھ کرَنِ۔ یمو ترِ شوُئی بارِ نیو گنڈ وارِ۔
وارہ وارِہ چھ پادشاہس پہرہ دِوان۔

اکِہِ دوہہ رات کیوُتھ چھو پادشاہ تہ پادشاہ بای محلہ خانس منز
شونگِتھ آسان۔ بوُڈ ہیوُ شہزادہ چھو شمشیراہ ہیتھ یمن پہرہ دِوان
اِی کران چھو یہ وُچھان تالوَہ پیٹھہ بوُڈ اژدہا اکھ وسان تہ یہوُے
پادشاہ سُندس پلنگس کُن اِوان۔ شہزادن ییتھُوی یہ وُچھ اَمِ تجِ
شمشیر تہ کرِین اژدہس گنہ۔ گنہ کرِتھ تھوُن ڈیرِ کرِتھ پادشاہ بایہ
ہندِس پلنگس تل۔ اژداہ ماران ماران آیہِ خوُنہ چھکہ یمے بیچھ پادشاہ
بایہ ہندِس سینس۔ شہزادن یلہِ یہ وُچھ، دپان چھو وُونِ کتھ پاٹھِ
ووتھراوہ یمہ خوُنہ چھکہ۔ ترِ کیا زِہ اتھ سیت ووتھراوہ ہس، اگر اَتھ

لاگنُ چھُو ناجائز۔ اَمِ کرِ کام۔ ئتھرہ مؤیہ ہناہ کڈن چندہ منزہ یہیے
وُچھن شمشیرہ ہیٖتِس تہ امِی سیت ہیٚژن یمہ خوٗنہ چھکہ صاف کرنہِ۔
پادشاہ بابہ ہنٚز تن۔ یہ گیہ امہ سیت یکدم ہُشیار۔ بیٚھوٗی اَچھِ مٔژرین
اتہ وُچھن نٔنی شمشیر ہینِس سینس پیٚٹھ۔ اَمِس گیہ راے، نوکرس
چھِ بدنیّت گیمژ۔ اَمِ چھُو ظاہراہ پادشاہ مارِتھ ژھونمُت تہ وُون
چھُو ہیٚوان مہِ مارُن۔ یہ چھِ پادشاہس ژُمچہِ ہیٚوان۔ پادشاہ چھُو
ہُشیار گژھان تہ شہزادس چھُو پہرہ مُوکلان۔ یہ چھُو نیران تہ پادشاہ
بای چھِ پادشاہس یہ سورُوی حال ونان۔ اَتھِ منز چھُو دوٚیُم شہزادہ
پہرہ دِنہِ اژان۔ اژونُی چھُو پادشاہ اَمِس سوال کران۔ دیان چھُس

اگر کانہہ آغس دغا کرِہ تس کیاہ واتہِ کرُن۔ یہ شہزادہ چھُس جواب
دِوان۔ پادشاہم اُتس واتہِ سرتن جُداہ کرُن۔ گھاسہ دٔرپوٗر بھرُن۔
از شہر دُور کرُن، اِلاسرہ گی گرِتھ۔ پادشاہ چھُس پرژھان۔ تہِ کیاہ
گو؟ یہ شہزادہ چھُس اَتھ پیٚٹھ دلیل ونان۔ یہ شہزادہ تہِ بلہ پہرہ دِتھ
موکلیوٗ۔ وُونِ چھُو اژان ژٔکُٹ ہیوٗ۔ پادشاہ چھُو اَمِس تہِ یہُوے
سوال کران۔ یہ شہزادہ تہِ چھُس اورہ یہُوے جواب دِوان تہ اَتھ
پیٚٹھ چھُس دلیل بوزہ ناوان۔ گوڈنکس شہزادس چھِ بیہ وارِ پھیران
پادشاہ چھُو اَمِس تہِ یہُوے سوال کران۔ یہ تہِ چھُس جواب دِوان
تہ سرہ گی گرنس پیٚٹھ دلیل ونان۔۔۔ یمہ ترٛنوٚے دلیلہ چھِ برٛونہہ کُن !

# خوجہ سُند ہوٗن

سزاہ دِنہ برٛونٹھ سرہ گۍ کرنس پیٚٹھ چھو منزٕ یوم ہیو شہزادہ
پادشاہس دلیل وناں۔ دپان چھُس یہ اوس خوجاہ اکھ۔ یہوٗسے
گو وقتکہِ چکرہ سیت سیٹھاہ نادار۔ کہیں تہٕ رُودس نہ۔ صرف رُودس
بندوق اکھ تہٕ بیہِ ہوٗن اکھ۔ دُونِ چھو یہِ یہوٗسے بندوق تہٕ ہوٗن
ہیٚتھ دوہس شکارس گژھان۔ اَدہ یہِ کیٚنژھاہ بنان چھُس تتھِ
پیٚٹھ چھو گذارہ کران۔ بیاکھ اکھ خوجاہ چھو دوہہ اکہِ اہند یہِ حال
وُچھان۔ دپان چھوٚپنہٕ پانٛہٕ چھُنہ یہ دُنیاہ کینہہ ہُند۔ وُچھ کُس
خوجہ اوس تہ از کتھہ پانٛھ چھو فاقس پیٚٹھ۔ اَمِس چھو دِلس ترس
گژھان۔ یہ چھو دپان بوٚ کرہا اَمِس مدد۔ سوچان چھو مدد ہیٚے
کرس تہٕ کتھہ پانٛھ۔ اِی کران چھو گژھان اَمِس نش۔ دپان چھس
"ہیٚے ژٕ چھومے یہ ہوٗن۔ مہ چھو یہ سیٹھاہ خوش اِوان۔" روپیہ رقماہ
برٛونٹھ کنہٕ ترٛاوِتھ چھُس دپان "یہ ہوٗن کنٛتن مہٕ۔" ہوٗمس چھنہ پٔرھ
اِوان۔ دپان چھو مہ کتھ لگہِ یہ ہوٗن۔ روپیہ چھو رٹان تہٕ دِوان
چھُس رزِہ ہنہٕ گنٛڈِتھ یہ ہوٗن۔ آسن وول خوجہ یلہِ ہوٗن ہیٚتھ
گژھان چھو۔ تمِس چھہ اَمی وقتہ قرضدار وُتلِتھ اِوان۔ دپان چھس
"ژٕ کُنتھن ہوٗن روپیہ رقمس تہ اسہِ ہور نیٚن ہنٛدٕ قرضہٕ۔" قرضدار چھ
اَمِس سورُے رقم نِوان تہ یہ چھو بیہِ روزان چھنوی تہٕ چھنوی۔
کرِہ کیاہ دُونِ اَتلان چھو بیہِ بندوق تہٕ کران شکار تہٕ کھیوان۔ لڈان
چھو یتھے پانٛھ دوہا دوہا۔

منزٕ چھو کنہہ کالاہ گژھان تہٕ ہوٗمس آسن والِس خوجس
چھہ راتِ کیٚوتھ ژور پھیران۔ یہ کیٚنژھاہ آسان چھُس تہٕ چھس نِوان۔
سوٗرس پیٚٹھ چھس بہناوِتھ تھوان۔ تمِچس یلہِ وُچھان چھو ژورن نہ
کتھنِ نم تہٕ تھوٗمتِ سیٹھاہ چھو چھپتاوان۔ اَمِس ہُنِس کُن چھو وناں
"ہمتا ہونہٕ ٹھوٗہی گرِ زِ ہیٚے۔ دِیوہ بوٚ ہوشیار گژھہا تہٕ ژور پھیرہا ننم"
ہوٗن چھُس اوزہ اَسہ سیت دانِس لمان تہ ہور تام ٹِک لڈان۔

بیہِ اوان واپس تہ بیہِ دامنس لمان۔ خوجس چھُنہ کنہہ تہِ فکرہ ترِان۔
یہ چھُو دپان "دراصل تورٕ مہ ہُوس خوجہِ سُند تُنکس"۔ اتین چھ واریاہ
سیمبٹ۔ یم چھ خوجس ونان۔ "ہے ہُونس چھُوسی ظاہراہ پتاہ یہ چھُوی
دامنس لمان۔ ظاہراہ چھُوی دپان مہ پتہ پتہ پکھ۔ خوجہِ چھُو دپان تلا
وُچھِہ ہا بُوتہ۔ یہ چھُو ہُونس پتہ پتہ پکان۔ ہُون چھُو برٛونٹھ برٛونٹھ
دوران۔ پکان پکان یُوت کال واتان چھ جنگلس منز۔ جنگلس منز
واتِت چھُو ہُون اکس جایہ پنجو سیت تچھان تہ خوجس دامنس لمان
خوجہِ چھُو وُونِ پانہ اتھ جایہِ کھننُ ہیوان۔ کھنان کھنان چھُو۔ اتہِ
چھ نیران خوجہِ تُنکہٕ سارٕ ہی کسن۔ اتھ سیت چھ نیران بیہِ بے شمار
دولت، یُس ہٕ ژورو اتین دباوِتھ چھ تھوٚمٕژ آسان۔ خوجہِ چھُو سارٕسی
تھپ ژھنان۔ دپان چھُو "یہ تہِ چھُو میون ئی"۔ سورُوی مال و دولت
چھُو گھرہ انان۔ وُونِ چھُو بنان یہ برٛونٹھِمہِ خوتہ ڈٕہ گن امیر۔
وُونِ چھُو امس خوجس خیال پیوان زِ یہ ہُون چھُو بڑہ قیمتی۔
دپان چھُو "یَنہ پانٹھہ دوُیت نہ مہ ہُوس خوجس امُند پورہ قیمت"۔ بیہِ چھُو

اَمی ساعتہ روپیہ رَقمس اکس ہُونٛڈ لیکھان۔ ہُونِس چھُو گرِدنہِ منز نالِ
ترٛاوان تہ کران چھُس ہمس خوجہِ سُندِ گھرہ کُن روانہ۔ ہو پارِ چھُو
ہُونِس لد خوجہِ شکارٕہ پیٹھہ واپس اِوان آسان۔ گھرہ نزدیک
واتِت یلہِ وُچھان چھُو پننُ ہُون دوران اِوان۔ خیال چھُس گژھان
"شاید چھُو یہ ناکس نشہ ژلِت آمُت۔ وُونِ کیاہ کرہ۔ سوٚ ایم پتے
تہ ہیم امُند قیمت واپس"۔ امس چھُنہ سونُ وُونکُن کنہہ تہِ اِوان بوزنہ
دُوری چھُو یہ امس بندوق سیٚزراوان تہ ماران۔ دپان بلاے ژھُونس
مہ تہِ کُس رٹہ۔ سیتی چھُس شک گژھان۔ دپان چھُو "بجرے ما گو
برٛونٹھ۔ یہ ما آسہ ہے بیس کینہہ ہند ہُون تہ مہ ژھُونُن مارِتھ۔
نزدیک پیتھ یلہ وُچھان چھُو یہ پننُی ہُون، اتہِ چھُو وُچھان امس
گرِدنہِ گنڈِتھ ہمہ خوجن آسان رُوپیہ رقمس ہُونٛڈ تھوٚمٕژ۔ یہ چھُو
وُونِ اتھ ژاپان۔ دپان "مہ کیاہ کوٚرٕ یہ۔ وُچھنے کرنے ژھُن مہ پیتھ ہُون
مارِتھ"۔ یہ دلیل مُوکلاوِتھ چھُو پادشاہس ونان "پادشاہم! ہرگاہ یہ خوجہِ
گوڈہ سرہ گی کرِہ ہے ہُون ما گژھہ ہے مارہ"۔

# پادشاہ سُند طوطہٕ

سرہ گی کرنس بیٹھ چھو ٲکِس ہیوٗ شہزادہ پادشاہس یہ دلیل
ونان۔ دپان چھُس یہ اوس پادشاہ اکھ۔ اَمِسی اوس کتھ کرون
طوطہٕ۔ دوٗہا اکھ چھو بنان۔ یہ طوطہٕ چھو ٹھپِس منز دارِ پیٹھ الوند۔ نیبرِ
کِن چھہ طوطہٕ کھیچیاہ اکھ اسمانِ وُڈان۔ یہ طوطہٕ یتھوی یمِن کِن وُچھان
چھوٗ اَمِس چھو وُدِش ژلان نیرِتھ۔ پادشاہ یلہِ یہ وُچھان چھو، یہ چھو طوطس
پرژھان۔ "اَے طوطہٕ وُدِش کیازِ ترٛاوتھ۔" طوطہٕ چھُس دپان "اَدہ کیاہ
تراوہٕ ناوُدِش۔ وُچھتہٕ میانِ بھاے کِتھہٕ پاٹھِ چھہ خوش تہٕ خوشحال ساس
گژھان۔ بوٚتے یہند پاٹھِ آزاد آسہٕ ہا بوٚ تہٕ گژھہٕ ہا ساس۔" پادشاہس
چھو طوطہٕ سنزِ کتھِ سیت اثر گژھان۔ دپان چھُس "اَے طوطہٕ ہرگاہ بوٚ
ساس گژھنہٕ خاطرہٕ آزاد کرتھ مے کیو تھ کیاہ انکھ توٗرہٕ۔ بیہ کرِ مے سیت
وعدہ سال کھیتھ کیاہ یکھ واپس۔" طوطہٕ چھُس وعدہ کران۔ دپان چھُس
"پادشاہس کرِتھ یہ ڈالِ شوٗبہٕ تہٕ انہٕ۔" پادشاہ چھو طوطس آزاد کران۔
طوطہٕ چھو وُڈوٚ کران تہٕ ژلان۔

طوطن ہندِس پادشاہس چھو خاندر آسان۔ اتہِ چھہ دُنیاہک طوطہٕ
اَمتِ آسان۔ یہ کتھہٕ کرُون طوطہٕ تہِ چھو پننین بھاین منز واتان۔
اتہِ یلہِ سال کھیتھ موکلان چھو، پننُن وعدہ چھو برابر کران تہٕ اِوان
پننس آغس نِش۔ پادشاہس بروٚنٹھ کُن یلہِ اِوان چھو، پادشاہ چھُس
پرژھان۔ "اَے طوطہٕ ژٕ سے سال کھیتھ آکھ مے کرِتھ کیاہ ڈال اَنِتھ۔"
طوطہٕ چھو تونہِ منزہٕ اَکُٹ آنچہ ہیناہ کڈان تہٕ تراوان پادشاہس
بروٚنٹھ کنِہ۔ پادشاہ چھُس دپان۔ "اَے طوطہٕ یہ کیاہ چھُت ژہ اَنمُت۔
مے اَمِس رائے کنہہ خاص ڈالی انکھ۔" طوطہٕ وُدتھُس۔ "میانہِ آغہ بوٚ کیاہ
نَمر گرُ چھُس بوٚڈ بوراہ انہٕ ہانکھس لدِتھ۔ یہ ہیوٗ کُم تہِ اونم۔" پادشاہ
چھُس دپان "کرہ کیاہ بوٚ یتھ آنچہ۔" طوطہٕ وُدتھُس "میانہِ آغہ! یہ اَنٹ
گژھہِ وَوہ ناوُنِ۔ اتھ کھہِ کُل۔ گرِس منز گژھیس سردی واتناوُنِ
تہٕ سردیِ منز گرمی۔ یُت کال کُل بوٚڈ گژھہِ، تمہ تہٕ پیہِ اتھ میوہ۔ اَدہ

یُس اکھاہ سۆ میوہ کھیِیہ، اگر ہتہ وُہر آسہ ستہٕ وُہر بنہِ۔" یہِ پادشاہ اوس
پانہ واریاہ وٕنیسہِ آمُت۔ اَمہِ ڈوٗپ او تہٕ امہِ خوٚتہ کیاہ گوٗژھہ مہ
آسُن۔ امِی ساعتہ دٕوناوُن یہِ اَنٛڈ پنٛنِس باغس منٛز۔ پوٗرہ حِفاظت
تھوٗن اَتھ۔ دٕوہ دٕوہ گو گژھان تہ یہِ کُل گو بڈان۔ باغوان چھُو اکہِ دٕوہہ
پادشاہس خبر کران زِ کُلس چھُو میوہ پیوٚمُت۔ پادشاہ چھُو بُوزِتھ بڈہ
خوش سَپدان۔ یہِ چھُو پنٛنِس وزیرس سیت تُلان تہ گژھان باغس منٛز
امہِ کُلیٚوکُ میوہ کھیٚنہِ۔ پادشاہس برٛونٛٹھ برٛونٛٹھ چھُو ہوٗن آسان۔
یلہِ باغس منٛز اتھ کُلس نزدیک واتان چھ، اتیٚن چھُو آسان امہِ کُلیٚوکُ
اکھ میوہ پیٚتھ پیوٚمُت۔ پادشاہ سُند ہوٗن چھُو دوران گژھان
تہ ہیٚوان یہِ میوہ کھیٚوُن۔ پیٚتھٕی یہِ کھیوٚن چھُو ہیٚوان، یہِ چھُو اَتی مرِتھ
گژھان۔

پادشاہ یلہِ ہوٗنِ سُند حال وُچھان چھُو، اَمِس چھُو یکدم خشم
کھسان۔ وزیرس کُن چھُو ونان۔ "دراصل چھُو طوطہ دغاباز۔ اَمِس چھُو
میوٚن ہنہ۔ توٚے کھیاو ناوِہ ہے مہ یہِ زہر میٚوہ۔" امِی ساعتہ چھُو واپس

اِوان تہ طوطس چھُو کار وُٹھان۔ طوطہ چھُو مران۔ پادشاہ چھُو حکم دِوان
یہِ زہر کُل تہ گژھِہ مُولہ پرٛاٹنہ یُن۔ وزیر چھُس دپان۔ "پادشاہم اکُلِ کیاہ
کوٚر اسہِ۔ اَمِستن زہر کُل تہ باغس منٛز، خبر چھا بکار مالگہ کُنہ ساعتہ۔" پادشاہ
چھُو وزیرہ سُند مشورہ مانان تہٕ کُل چھُو باغس منٛز موجود روزان۔ مگر کانٛہہ
چھُنہ بہران اتھ سیت اتھ لاگنس۔ اَدہ کھیہ ہے کانٛہہ امیٚوکُ میوہ!

دٕوہا دٕوہا چھُو گژھان۔ اتہِ چھُو آسان بُڈاہ اکھ تہ بیہِ تہنٛز بُڈ
زنانہ روزان۔ بُڈہ چھُو آسان واَنسہِ آمُت۔ یہِ چھُنہ ہیٚکان زِنیتہِ
جلکھِت کنٛہہ تہِ۔ یہِ بُڈ زنانہ چھ اَمِس صُبحس تہ شامس لڑایہِ لاگان۔
"فلانِ چیز چھُوہی نہ فِستانِ چیز چھُوہی نہٕ۔" دٕوہے دٕوہے یلہِ یہِ بُڈہ تنگ
چھُو اِدان، اکہِ دٕوہہ آد اَمِس جانہِ منٛس پیٚٹھ۔ دٕوپُن "بلای ژھونُس
دُونِ چھُو پیٚتھ زِندہ روزنہ خوٚتہ مرُن ہی بہتر۔ بُجہِ چھُو ونان بہہ دُونِ
ژھی۔ بوٚ کھیمہ زہر۔" یہِ وٕنِتھ چھُو دوران پادشاہ سُندِس باغس کُن۔
دپان چھُو "اتہِ چھُو زہر کُل۔ امہِ کُہی میوہ کھیٚمہ تہ مرہ۔" بُڈہ چھُو گژھان
تہ بُڈ چھ پان ماران اَمِس پتے دوران۔

بُڈہ بیٹھوٚی باغس منٛز وٲتِت امہِ کُلِیُک میوہ چھہٕ کھیوان، یہِ چھو
گژھان ژُکُٹ جوان تیار۔ ٲمِس چھو نٔو یاوُن لگان۔ یہِ چھوٚ پانس
ہیٚرہ بوٚن نظراہ کران تہٕ وُوٹہٕ تلان ہیوٚان بیہہ گھرہ کُن گژھن۔ یہِ چھو
باغہ منٛزہ نیران تہٕ اورہ چھہ اہنز بُڈ پان ماران اِوان۔ بُڈِ یلہِ ٲمِس جوانس
نیران چھہ وُچھان، پرژھان چھس "ہتا گوبرا ژِہ ما وُچھتھن اتہٕ میون
بُڈہ" یہِ چھُس دپان "ژِہ مے چھےٚ وتھ راوٕمژ۔ سوٗ ہے چھُس بوٚہی۔
مہِ ہے کھیوٚ امہِ کُلِیُک میوہ تہٕ بوٚ گوس ژُکُٹ" بُڈ چھہ ٲمِس گوڈہ
وُہہ وُہو کران۔ دپان چھس "کیاہ بنیوٚہی بُجہ ماجہ چھُک ٹھٹھہٕ کران"
یہِ چھُس پورہ قسمہ ہاوان۔ دپان چھُس۔ "وٗلہ یکھ ژِہ تہٕ کھیہ سُہ میوہ
وُچھتہ ژِہ تہٕ کتھہ پاٹھِ گژھک ژُکُٹ" بُڈ تہٕ یلہِ یہِ میوہ کھیوان چھُ یہِ

تہٕ چھہ گژھان ژُکُٹ کوٗر تیار۔ اتہٕ چھہ ژٔو پاٹھِ خبر گژھان۔ ہیا بُڈہ
تہٕ بُڈہا گیہ زہر کُلِیُک میوہ کھینہ سیت جوان۔ پادشاہ تہٕ چھوٚ بوزان
بوزِتھ چھوٚ حیران سپدان۔ انان چھوٚ مین دوشون باژن رٹِت۔
پرژھان چھُک سورُوی حال۔ وارہ پاٹھِ یلہِ پرژھ بیٹھس، کھیوان
چھوٚ پانہ تہٕ یہِ میوہ۔ کھیوان کھیوان چھوٚ یہِ تہٕ جوان گژھان۔ دپان
چھوٚ امہِ کیاہ! ہوٗن کیازِ موٗلوو اَدہ تمہ دوٚہہ امہِ سیت۔ صاحب
وُستاد چھوٚ ونان۔ تمہ دوٚہہ یُس میوہ پتھراوس پیومُت تتھ اَٲس
شہمارن لال تراوٕمژ۔ توٚے موکھہٕ موٗد سُہ ہوٗن۔ وُنِ چھوٚ پادشاہ
گُل موٗران ژِہ مہِ کیاہ کوٗر طوطہ ژُھ ونمُت بیہ گناہ مارِتھ" شہزادہ چھوٚ ونان
پادشاہس۔ "ہرگاہ سُہ گوڈہ سرہ گی کرہ ہے طوطہ مارہ ہے!"

# پادشاہ تہٕ پیٖنز

بوڈ ہیوٗ شہزادہ تہٕ چھُس ونان سرہ گی پیٚٹھی پادشاہس تہٕ پیٖنزہ سنٛز دلیل۔ دپان چھُس۔ یہ اوس پادشاہ اکھ۔ ہیوٗسے دراو دوہہ اکہ شکارس۔ وارِیاہ فوجہٕ لشکر نوکر چاکر چھُس سیت۔ شکار کران کران گو پادشاہ جنگلس منز وارِیاہ برٛونٛٹھ نیرِتھ۔ شکارس چھُو پتہ دوران۔ تہٕ شکار چھُو برونٛٹھ کُن ژلان۔ دوران دوران چھُو پادشاہ تھکان تہٕ سخت ترٛیش چھُس لگان۔ ژٕچھن کھوٗرِ چھُو وُچھان مگر دریاو یا ناگ چھُنہٕ کُنہٕ آسان۔ ترٛیشہِ دادہ چھُس زِیوٗ چھٹِت نیران۔ اِی کران چھُو وُچھان پلہٕ اکِہ پیٚٹھہٕ آبہٕ قطراہ قطراہ وسان۔ اَمہِ گوڈٕ چندہ منٛزہ یکدم پیالہ تہٕ تھوٗن اتھ تلہٕ کنہٕ۔ اکھ اکھ قطرہ چھُو اَتھ پیالس منز وسان یُوت کال پیالہ بھرِتھ ہیوٗتن یُن۔ اَمِس پادشاہس اوس پنُن پیٖنز سیت۔ پیٖنزن یِتھوٗی وُچھ پادشاہ ہیٚہ وٗنِ یہ آبہٕ پیالہ چیوٗن اَمہِ

گوٗرٕ وڈٕو تہٕ کُنی پَرہ ژٕنجہٕ سیت دِتُن یہ پیالہ دٕبہٕ دٲرِتھ۔ پادشاہس کوتاہ شرارتھ کھوٚت، ترٛیشہِ دادِہ اوٗسُس ہیوٗرٕ ہوٗ کھمُت۔ پیٖنزس ہیوٗکُن نہٕ کٕنہہ کٔرِتھ۔ بیہ تھوٗن اتھ آبہٕ قطرس تل پیالہ لٲگِتھ۔ بتیاب چھُو یہ گوٗژھ وُلِ وُلِ بھرِتھ یُن۔ یِتھوٗی پیالہ بھرِتھ آو، پادشاہ تُلہِ ہیٚے وٗنِ، پیٖنزن دِیُت یہ بیہ دٲرِتھ۔ پادشاہ گو وارٕے خشمناک مگر پیٖنز اوٗسُس سیٹھاہ ٹوٹھ۔ کٕنہہ ہیوٗکُنس نہٕ کٔرِتھ۔ ترٛیمہ لٹہٕ تہٕ پلہِ پیٖنزن پیالہ ترٲوِتھ ژھُن، پادشاہس رُودنہٕ کٕنہہ تہٕ آب و تاب۔ یکدم رٲٹُن پیٖنز تہٕ ژھننُن مٲرِتھ۔ دٲپُن دراصل چھُو یہ میون دُشمن۔ یہ ژھینہ ہہ ترٛیشہِ ترٛیشہِ کران مٲرِتھ۔

اَتھ منٛزٕ چھِ پادشاہ سٕندِ نوکر چاکر واتان۔ یِم چھِ پادشاہس خشمہٕ ہوٚت وُچھان۔ پرٛژھان پلہِ چھُس پادشاہ چھُک پیٖنزہ سُند سورُوی قصہٕ ونان۔ سیٖتی چھُو پادشاہ ترٛیشہِ ترٛیشہِ کران۔ نوکر چھُس دپان۔ بہتر چھُو اَسِ اَنو تیٚتی آب یتیٚن یمہٕ آبہٕ قطرک آگُر چھُو۔ نوکر چھِ امِی پلہٕ سیوٚد آگرٕ ژھانڈنہٕ گژھان۔ اَتہِ کیاہ چھِ وُچھان۔ اتھ پلس

ہیرِ کنہ بوُڈ شہماراہ اکھ تاپ دِوان۔ اَمِس اَسہِ کِن لال پرِیڈان تہ
پہوُسے قطرہ قطرہ امہِ پٮ۪ٹھہ پٮ۪ٹھہ وسان۔ یِم چھِ کُنِی دورہِ اوان تہ وَنان
پادشاہس۔ دپان چھس "حمد کر توتہِ چھُت نہ چیومُت یہِ آب۔ تہِ کیازِ
یہِ اوسُوی زہرِ قاتل شہمارہ سنٛز لال"۔ پادشاہ یلہِ یہِ بوزان چھُو، یہِ
چھُو اکھن ژٕپ ہیوان۔ دپان "مہِ کیاہ کوٗر یہِ پٕنٕز ژھوٚنمُت مارِتھ"۔ شہزادہ
چھُو وَنان پادشاہس۔ ہرگاہ یہِ گوڈہ سرہ گی کرِہ ہے، پٕنٕز ما گژھِہ ہے
مارہ بے گُناہ!

ژٕرشوٚن شہزادن ہنزہ مثالہ بوُزِتھ چھُو پادشاہ اَمِس پرژھان
"اَدہ وَنتم ژہ کیازِ اوسُک پادشاہ بابہِ ہندس سینس پٮ۪ٹھ ننٛی شمشیر
تھوٗوِت"۔ شہزادہ چھُس دپان۔ پادشاہم اَژہ دِہ گوڈہ پلنگس تل کُن نظر۔
اَدہ پرژھ مہِ۔ پادشاہ یلہِ وُچھان چھُو پلنگس تل شہمار گنہ کرِتھ۔ اَمِس
چھ کُنِی کریکھ نیرِتھ ژلان۔ سورُوی حال بوُزِتھ چھُو مین ژٕرشوٚنِ شہزادن

ہنزِ دانایی پٮ۪ٹھ سیٹھاہ خوش سپدان۔ اَمِس پادشاہس چھِ آسان ترٛیہ[٣]
کورِہ۔ یہِ چھُو مین ژٕرشوٚنِ کورین ترٛین[٣] سیت خاندر کران۔ سیٹھاہ دھم
دھام چھُو کران۔ بڈین بڈین پادشاہن، امیرن تہ وزیرن چھُو سال
کران۔ اَتہِ منٛز چھُو مین ترٛین شہزادن ہندمول تہ سالہ اوان۔ یلہِ
یہِ مہراژن وُچھان چھُو، یہِ چھُو پننٛین نیچوین پیٛم زہ ناوان۔ وُچھت چھُو
اسمانہ پیوان۔ نالہ متہِ چھُک رٹان۔ اَتہِ چھِ ساری حیران گژھان، یہِ کیاہ
دلیل چھِ۔ شہزادہ یلہِ مالِس پننِس ننٛن سورُوی سفر چھِ وَنان۔ اَمِس چھِ
ژٕرہ تہ ژٕرہ بچن ہنٛز دلیل یاد پیوان۔ امی ساعتہ چھُو گژھان تہ پننِس
دورہ ماجہ چھُو مارِتھ ژھنان۔ پننِس وفادار وزیرس پٮ۪ٹھ چھُو سیٹھاہ
خوش گژھان۔ پانہ چھُو ژٕرشوٚنِ شہزادن خاندر کران تہ نوشہ
تارہ گھرہ انان۔ تتہ پٮ۪ٹھہ چھُو آرامہ سان دوہ کڈان تہ ژٕرِہ تہ
ژٕرہ بچن ہنٛز دلیل تھوٚن کنس منٛز ؛

# لالہٕ رُخ مطبوعات

## کوشُر

| | قیمت |
|---|---|
| (۱) پوشہٕ تھر ۱ (کاشرِ دلیلہ) | ۴ر |
| (۲) اسلامی ملک سامراجکس چنگس منز | ۲ر |
| (۳) ہندوستانس سیت کیازِ الحاق | ۲ر |
| (۴) سأن وتھ | ۲ر |
| (۵) ہندوستانکس آیِنس منز سون خاص مرتبہ | ۲ر |
| (۶) سُمرن (کُلیاتِ ماسٹر زندہ کول بمعہ انگریزی ترجمہ) | -/۱۲/۱ |
| (۷) پوشہ تھر ۲ (کاشرِ دلیلہ) | ۴ر |

## زیرِ چھاپ

(۸) کشیرِ منز نیٚبرِم دخل اندازی

(۹) پاکِستان تہٕ امریکہٕ ہُنٛد معاہدہ

(۱۰) کأشر مرثی

(۱۱) کُنِ کتھ —— (کأشر سٹیج ڈرامہ)

## اُردو

(۱) بجھتے چراغ (مرحوم پردیسی کے منتخب افسانے)

